بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# خونِ جگرِ چوم

از زبانِ روحی

## غلام محمد وگے رجیدہ

پٹھ دیالہٕ گام تحصیل و ضلع اسلام آباد

اللہ جل جلالہٗ

بیاد ۱۶/ جولائی

روزِ ہجرت پیغمبر آخرالزمانؐ

دروِداع شہید شاہنوازہ

# خوٗنِ جگر چوم

شُراہ جولائی ۔کس یادس منٛز ییٚمہ دوہ

پیٚغمبر آخرالزمان ﷺ ہجرت کران چھِ

بیٚیہ

شہید شاہنوازہ لختِ جگر ہندہ عارضی جدای موجوٗب

از

دل ندامت

رجیدہ غلام محمد وگے

ساکنہ پٹھ دیالگام

تحصیل وضلع اننت ناگ اسلام آباد کشمیر

تاریخ اجرا ۱۶ جولائی ۲۰۰۶

کتابہ ہُند ناو: خوٗنِ جگر چوم

مصنف: غلام محمد وگے رجیدہ

چھپن وٕری: ۲۰۰۶

کمپیوٹر کمپوزنگ: المختار کمپیوٹرز، اسلام آباد کشمیر

سرورق: عادل مختار

تیداد: اکھ ساس

مول: ہتھ روپیہ -/Rs : 100

پریس: رہبر پرنٹرز، دہلی

المختار پبلشرز نئی بستی انت ناگ کشمیر

فون نمبر: 222192 (01932)

Khoon-i-Jigar choom

A poetry Collection by

Ghulam Mohammad Wagay

Rajeeda

Paith Dailgam, Anantnag Kashmir

# ترتیب

# مصنّف کی آگاہی

اسم: غلام محمد اسمِ والد؛ محمد شعبان وگے سکونت: پیٹھ دیالگام

تاریخ پیدائش: جولائی ۱۹۴۸ء پیشہ آبائی: گائے پالن شیر فروشی

خانہ بوقت پیدائیش: دو بھائی: شعبان وفتاح وگے (لاولد) پسر مرحوم

تخلُص: رنجیدہ ترمیمی تخلُص از فقیر سلہ صاحب: رجیدہ

ایک غریب گھر کے پیشہ دودھ فروشی کے آمدن سے گزر بسر کرنے والے خاندان میں رجیدہ صاحب جنم پائے۔ والدین اور چچا کے شوق انتہا نے اسے کم سنی میں داخل مدرسہ کیا۔ ۸ سال کی عمر میں تلاوت قرآن حاصل کیا۔ اس کے ساتھ آنگن کے سکول گورنمنٹ مڈل سکول میں محو درس رہا، چھٹی جماعت سے اچانک ناسازی صحت نے گھیر لیا حالانکہ والدین پہلوانی صحت کے مالک تھے۔ بیٹے کی ناسازیٔ صحت کے بناء وادی کے حکیموں، ڈاکٹروں اور درویش و پیر وفقرا سے جستجوئے دعا میں سرگرداں بنے رہے۔ لاعلاجی کا آخری درس تربیت روحی بدامن شرعی مرشد جناب پیر اسد اللہ ساکنہ سیر کا نلی گُنڈ کے سپرد نصیب ہوا۔ ۱۹۶۵ء میں نکاح نصیب ہوئے۔ شرعی چادر لباسِ تن و من کرتے۔ شب و روز محو عبادات بنے رہے۔ ۱۹۷۱ء میں مرشد سے اُنکے وصل اللہ قبل ان سے خط ارشاد پا گئے۔

ایسے شرعی شبابیت میں اچانک حکم غیر متوقع از شیخ حمزہ مخدومؒ کے اسیر فقیر درویش
سُلہ صاحب بدسگامی مطیع بنے۔ایسے متوکڑ ے۔ جلالی مزاج فنانی الخودی کے دستور
تلخ انسانی بشریت سے بعید کے زیر حصار اسیر کیا گیا جہاں درجہ فقر میں ۱۹۸۰ء سے
ترک از دواجیت در شریعت ہو گیا۔۱۹۷۴ء تک رواجی تعلیم سے وابستہ رہے۔ایم
اے فارسی اور بی ایڈ کی ڈگری حاصل کی ۔۱۹۶۱ء کے منصبہ اُستادانہ سے ترقی
پائے ہوئے سال ۲۰۰۰ء میں ہیڈ ماسٹر گورنمنٹ گرلز ہائی سکول ویری ناگ
(ورناک) متعین ہوئے ۔کبھی تحریر قلم چھوٹ نہ پایا جسکی بدولت اپنی پوری زندگی
سوانح عمری کے ساتھ فقیر کا ہر ضروری ارشاد محفوظ تحریر کیا۔پیر شریعت کے بعد فقیر کی
پوری زندگی ، اسکے ارشادات، صحبت کلی میں درویش ۹۰۔۱۹۰۷ کی مکمل کر لی۔
ابتدائی چہاردہ سلاسل از اسداللہ شاہ کے ہوتے ہوئے دنیائے سخنوری میں مناقب
خواجہ نقشبندؒ پھر مُرشد سہروردیہؒ کے مناقب سلطانیہ اجراء زمانہ کئے۔ان میں سلسلہ
شہروردیہؒ کے جلد ششم سال ۱۹۰۵ء جولائی میں بنام ''نداءِ متکی آلو'' برائے عاشقان
روحانیت پیش کر دی گئی ۔ اب کے سال کشمیری غزلیات کا پہلا حصہ بنام
''خون جگر چوم'' اور اردو غزلیات کا پہلا حصہ ''سوز جگر'' پیش ہو رہا ہے۔

نا مساعد حالات اور مادیت کے مایا جال سے عدم عشق و آرزو کا پہلو
مرکزیت سے دیہات کی طرف سویا ہوا جسے پانے کی صورت وجہ تصانیف رجیدہ کے
بیشتر نظم ونثر کے پارہ منتظر طلب وطباعت اور ادب کی تلاش میں محفوظ زمانہ ہیں۔

ہر ادارہ ہائے ادب اور میڈیا کا پہلا زینہ مالیات کے حصول کا شرط بنا ہے

آرزوئے تحقیق وشخصیات عشق معدوم نظر آرہے ہیں۔اس وسیع تر تہذیب وتمدن
ریش وار کے ماضی کو جدیدیت برائے حصولی آزادانہ جنسیات میں تبدیل کیا جارہا
ہے۔اس طرح اس ادارہ، میڈیا جیسے کلچرل اکادمی، محکمہ ثقافت آثار قدیمہ نے تلاشِ
حال میں نجی طور یا حکومت وقت سے بغیر نالہ گونجاں، صدائے صحرا کچھ نہیں
خدا کرے ذرائع ابلاغ رسائی کے ادارے نایاب روحی مومنوں سے بہرہ
ور ہوجائیں عموماً جن کا روزگار تلاش حق کی خدمات سے درنصیب ہورہا ہے۔
رجیدہ چھلنی سینہ بروداع شہیدہ نوازہ.

آپکا مخلص

فیاض احمد

بُشریٰ شُمی

وانہ بل سرینگر

بسمہ اللہ الرحمٰن الرحیم

# قابل توجہ

اشھد ان لا الا اللہ و اشھد ان محمد عبد و رسولہ

کشمیری زبان اس سرزمین کی روح ہے جب تک نہ اس ریاست کی اس زبان کو ہر سطح پر بحال کیا جائے تب تک یہ سمجھا جائے کہ ہم صدیوں کی مخلوق کو اس طرح فراموش کر رہے ہیں جیسے کہ ہم سب بے پدر و مادر جنے ہیں کیونکہ ہر قوم کے مستقبل کو ماضی کے آئینہ میں ہی ترتیب و تربیت دی جاتی ہے۔

جس خاک سے اُٹھ کر ہم زندگی کے ہر شعبہ کو اسکی افادیت سجوانے میں کوتاہی کریں تو وہ کروڑوں لوگ جو اس سرزمین سے اُٹھے اور چلے، ان میں جو تہذیبی وراثت اور تواریخی تمدن آج تک آ پہنچا وہ ہم سے ہی کھو پانے کی غلطی نہ ہو جائے۔ اس لئے آج کے اس سرزمین پر بسنے والوں کو نہ چھبوئی نوکِ خار کو اپنے وجود کی بقاء سے لاپرواہ نہیں ہونا چاہیے

اس ریاست میں جتنے بھی علماء، مبلغ، واعظ اور سیاستدان اُبھر ہیں اُنہیں اپنے ماضی کی کوئی فکر نہیں سوجھی ہے۔ گوکہ بیرونی زبانوں میں سائنسی زبانوں و کسی بھی طرح بھولنے کی کوئی گنجائش باقی نہیں۔ اسی طرح اردو زبان کو دفتری زبان مقرر کئے ہوئے ہم اسکی افادیت سے چوک نہ جاویں لیکن اس مٹی کو بذاتِ خیر باد کرنا اپنے ہی پاؤں پر کلہاڑی مارنے کے برابر ہوگا۔ جس مٹی کا نام کشمیری یا کاشر

پڑا ہے۔ اس لئے یہاں کی پوری علمی بستی پر فرض عائد ہوتا ہے کہ انکے آنے والے اپنی ہی ولدیت کو کھونہ پائیں۔

دیکھا جاتا ہے کہ نئی نسل کو جدیدیت کی ترقی کے نام پر جہاں سائینس اور ٹیکنالوجی کی زبان انگریزی رگ رگ سمانے میں ہر فرد کی آرزو بنی ہے۔ اردو کی ادبی شناخت ابھی کروٹیں لے رہی ہے مگر کشمیری زبان بولنے والوں تک چمٹائی جا رہی ہے جس وجہ سے ہر درسگاہ میں تے بنی جارہی ہے، سیاسی بھید بھاو میں یہاں جو تہذیبی سرمایہ جسے کشمیریت کا نام دیا جارہا ہے عملاً اس سرزمین کی کتاب کو مزے سے دھلوارہے ہیں بلکہ کشمیری بول سے ہی یہاں مغربیت کے بیج بوئے جارہے ہیں جس سے مذاہب کی جڑیں جنسیات کی شہد میں کھوکھلی ہوتی جارہی ہیں۔ کشمیر میں ہی نہیں بلکہ پورا ہندوستان ماضی کی تہذیبی مشرقیت سے ہاتھ دھورہا ہے۔ زمین پر کی انسانی نسل دنیاسازی کی عشرت میں سونامی سے بدتر ہوگی، وقت کے حکمران زرا ہوش میں آجاوین ورنہ مستقبل اُنہیں مغربی دولہے کے بجز اور کچھ نہ یاد کریں۔

کاش میرِ حُب کشمیر نصیب ہو

شکریہ

سجاد احمد ترالی

# ماجہ زیو

کاشر زبان چھ سأنی ماجہ زیو۔ بۄ دنیا تا آخر شہس تان چھ یہے زبان زندگی ہُند سوپُن یمہِ روس زندگی چھِ آڈہ لُچ۔ امایم بولہِ کتھ پأٹھی آیہ انسانس نش تہٕ پتہ وارِ وارِ کھرٕ ہ کاقدس پیٹھ۔ ینہ پیٹھٕ گُنہ زمینس آدم زأژ ہُند پرتو پیوو زبان آیہ وجوٗدس منز۔ أتھی پیٹھ گے امہ قوچ کہانی شروٗع۔ وٕنی نمہ ہون یہ موج کشیر۔ کیتیاہ انسان آیہٕ تہٕ گئے۔ کیتیاہ حُکمران آیہِ تہٕ پتُن سکہ چلأوِتھ گے یمہِ دُنیاہ۔ انسانن منز کیتیہا خاص تہِ گئے آفریدہ۔ انسان سِندس پرتھ دورس منز یم تہٕ انقلاب آیہٕ تم سأری کم از کم چھِ اردو زبأنی منز کینژٕ و توأریخ دانو لیکھمت۔ مگر یہ تہٕ چھ افسوٗس زِ کشیرہ منز چھُنہ کانہہ کاشر زبأنی ہُند لیکھاڈ اُوسمت تمہِ تہٕ آسہ ہے امہ کھوتہ تہٕ زیادٕ تہ خود گواہ بنتھ لیٚکھمُت۔ امہِ بدل چھُ کشیرِ منز فارسی لیکھن وألی موٗجوٗد أسی مِت مثالہ پأٹھی میر سعد اللہ شاہ آبادیؔ یموتھٕ کٔنٕز اولیاہن ہنز سنہ دی تواریخ چھِ لیچھمژٕ۔ یتھٕ پأٹھی دیالہ گامس پنجہ گام أس ونان تہ اکھ گوسہ ووٕنی چھُ تمی پانہ مسلمان بنان وُچھمت۔ یمی گوسوأنی یتھ پتہٕ ڈے گوم آلو یاڈے آلو گوم ناوتھوومُت چھُ تہٕ علمدارِ کشمیر شیخ نوٗر الدین نورانیؒ چھُ پانہ آمُت تہٕ تموچھُ یہ بُدھ جوٗگ کلمہٕ حق پرنوومُت۔ أمس بدرالدین ناوتھوومُت یعنی بدرالدین ریشیؒ نُندہ ریشُنؒ خلیفہ۔

یتھٕ پأٹھی چھُ ثابتھ گژھان زِ کأشر زبان چھُنہ سرکأری طور زانہہ تہِ تھزر

دِنہٕ آمٕت ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ آیہِ کرنہ یہ زبان یتہٕ سکوٗلن منٛز اُٹھمہِ جمأژتأنی مقرر۔ یتھ پأٹھی فارسی اکہ اخلاقی زبان تہٕ اُس ضوروٗری پرناونہٕ یوان مگر بدقسمتی چھ یہ زِ یتھے یتہِ کیوحأ کموسائنس پرناونہ خأطرٕ ضوروٗرت محسوٗس گرتہٕ دہمہِ تأنی گے فارسی زبان تہِ تہٕ کأشرزبان تہِ پرٕ ژھینیٛ مگر فارسی یُد وے ود پرزأنتھ تہ اخلاقی تعلیم کلہ ژوٚٹن آیہِ ترقی مانٕنہٕ تہٕ کأشرزبان تہِ زن آیہ ہلہ تلچ شرأکھ زانتھ تہٕ بڈین خاندانن یمن ییٚتگی سیاستن جمشیدی جم میسر تھأوتموکوٗر پننین بچن کأشُر بولنس پسماندگی Backward نأوتہٕ انگریزی سکوٗلن بوٚ رُکھ چاو۔ وُچھان وُچھان گے حُکمرانن تہٕ تھدین ملاٗزمن سرکأری سکوٗل مُشتھ تہٕ یم سکوٗل روٗدتمن ہنٛدٕ خأطرٕ یم غریب پسماند مثلاً ناید، گوٗر، واتل، چھان، کھار تہٕ موضوٗر بیشہ چھِ۔ کینژن گرن منٛز گے کأشُر بوٗلُن ہتک۔ شاید ترہ توہیٛہ فکرِ زِ دلہ پٹھ سبکہِ چھکٔرن ہندی پأٹھی روپیہ انن والین گوٚ ییٚتگی کأشُر تہذیبی مُشتھ، زبأنی ہنٛزٕ چھنہ کتھی۔

مسلہ چھُ کأشرٕ زبأنی ہُند۔ یتہٕ چھِ یونیورسٹی منٛز یُد وے امیک ادارہ چھُ سُہ تہِ چھُ کأشرن شاعرن ہنٛزِ موجوٗدگی ہتی۔ یمو پنٕہ نٕس اوزقس ترقی دِنہٕ خأطرٕ اتھ زندگی تھأو۔ وُچھ وے تہٕ ییٚتکی حکومت گرن وأِلی یمن ہنٛز کأم ژٕ دنٹھس ژوپ روٗز چھُنہ اچِ کأنہہ کل۔ تہِ کیازِ یم چھِ انگریزی پٔری پٔری کأشرٕ تہذیبکی مُدٕ ہ۔ امہِ کأشریک لطف چھُ یمن دِلس شادمأنی تمہِ وزِ وُزناوان ییلہ سکوٗلن تہٕ کالجن منٛز بالغ کوٗرِ خصوٗصی پوشاکن منٛز رود چھ کرہ ناونہ یوان۔

مقصد چھُ یہ زِ یتھ کأشرِ زبأنی یا ونو پننہِ ماجہ ہتی کوتاہ اوٚرہ بایار چھُ یوان

کرنہٕ۔ امکۍ وولٹہ اثرات یُدوے یمہِ بے رنگی منز باسان چھِنہٕ مگر یہ کأشُر قوم چھ لۆتہٕ لۆتہٕ پننہِ تہذیب وتمدُن نشہِ اتھ چھلتھ مغربی لذتن منز غوطہ ناونہٕ یوان۔ یمہِ ستۍ کشیرِ ہُند لول محبت مہماندأری، اسلامی انسان دوستی تہٕ بزرگن ہُند احترام دلہٕ منزہ ژلان روزِ تہٕ ہر کانہہ گژھِ نہٕ ذأتی مفاد بغار بیٚنِس سلام۔ یہ یُدوے سامرأجی منصوٗبن آبیاری تہٕ میٹھ فتح تہٕ چھِ مگر وقت گژھتھ پیٚیہ تمن یہ نظام سونامی تہٕ ۱۸ اکتوبر کھوٚتہٕ تہٕ دروگ۔ییلہ نہ أکس پنڈتس پننہِ ٹیٚکہ تہٕ زان روزِ تہٕ مسلمان جوانس مشید یادی پیٚیہِ،

خدأے کریم دیین۔یتھ ریشی وارِ زندہ روٗزنک، کأشُر سمجھنک توفیق۔

یتھ کأشرِ کتابہ۔یتھ ''خونِ جگر چوم'' بیان چُھ، روزِن اکھ مشعلِ راہ عشق خدأے خأطرِ

تُہند مخلص

ظریف احمد ظریف

سرینگر

# مصنّف میانہ نظرِ منز

محترم وگے صاب (رجیدہ) چھلو کچار پٹھے زمانہ کین ظاہری سجاوٹن تہٕ ہاو باوچین شادمانین ہنز وٕ مجلسو نشہِ دوٗر روٗدمتی۔ شیمہِ جماعژ ہنز تعلیمہ دوران سپُد اُمی سُند صحت ناسازتہٕ اُمی سنز رغبت روٗز نہٕ طفلانہ۔ متواتر تلاشِ علاج باوجوٗد ترٛوو نہ یمو تدریسی عمل۔ یُدوے کینژن جماعژن منز اُمِس ٹھہراو تہِ دنہٕ آو۔ تتھین نازک جسدی حالاتن منز گوٚو اُمِس دینی تہٕ اعتقادِ باطن ووتلان۔ تمہِ دور کین عالمانہ مجلسن منز روٗد شُر پاٚٹھی وُتھان بہان تہٕ جسمانی ضعیفی ہُند مشکلاتو تہٕ اخراجاتی حالاتو ترٲوی اتھ غریب گرس سبٹھاہ مضر اثر۔ ژ (۲) بھاے شعبان تہٕ فتح وگے روٗد اتھ گھرس یہ ژدنگ بحال تھاونہٕ خاطرٕ ہر رنگہ کوٗشش کران۔ زمانہ کین پیرن فقیرن، حکیمن تہٕ ڈاکٹرن نشِ گے اُمی سنز صحت یابی ژھارانہ۔

آخر۱۹۶۱ء کہ دریہٕ دٔہیم جماعژ پاس کرنہ پتہٕ بنیو یہ ووستاد تہٕ لاعلاجی ہند علاج باپتھ کوٗر یہِ اُکی پیر صابن (اسداللہ سیر کانلی گند) پننہِ نس دٲریس منز درج۔ تہٕ گوٚو کلی طور محوِ ریاضت تابع سلوٗک۔ اتھ منز پیوٚو اُمِس ردِ خلق تہٕ مُلی ہیوٚن تہٕ سماجس تہٕ کھوٚت نہٕ یہ زیادہ ٹارٕ۔ تہٕ کیازِ اُمی سُند موٗل تہٕ پتر اُسی دودٕ گوٚر۔ یم گامہ گوٚم دود کنان تہٕ گُزارہ پکہ ناوان اُسی۔ توٚنے یم لوٗکھ پانس خاندانی، بڈی زمیندار تہٕ سیاست دان تہٕ عالم زانان چھِ تمن کتہٕ بنیہ ہے یہ دردل تسلیم زِ مصیبتو تہٕ سختیو برٕتھ

خاک نشین اکھ غریب گھرُک نیم زندٕ جوان بنہٕ قابلِ عزت۔

یہ ییٚہ روٗدُ کارِ خدای زِ اُمی سُند مزاز، وُتھن یہُن بنےٚ اکھ خودی۔ لُکھ کیاہ ییٚہ ونہٕ ہن یا کیاہ ییٚہ کرہ ہن اُمس پیٚو ونہ خارجی سماجک بدلہ وُن کانٛہہ ییٚہ اثر۔ رجید صأب روٗدنہ زن یمہ کاروانہ مادیتُک انگ۔ یہند ہِ ونہٕ مطأبق یہ کینژھ ہاہ پیش روزگار سپد ہے اُمس، یم اُسی حال از باطن حالی روزان ییٚہ توے اُسی نہ یم گُنہ ییٚہ یا کانٛسہِ ییٚہ دُشمن زانان بلکہ اُسی اتھ حُکم یزدان زٲنتھ خاموش آسان۔ حالانکہ گُنہ وِزِ آوٲمس حملہ برزات ییٚہ مگر یہ روٗد بلواسطہ روحی برداش کران۔ مسلک کیو وٲعظ خانو ییٚہ تعلیمی افسر ییٚہ تھوونہ کینٛہہ پُرہٕ اُمس بدلاونس ییٚہ پانس گن پھرنہ خأطر۔

یُدوے خصوٗصی پیشہ ووستاد آسنس منز ییٚہ ووستادن ستۍ الگ میلانات نظرِ گوٚھان روٗد۔ پنج گانہ نمازِ علاوہ شب خیزی اُمی سنز زندگی ہیٚیہ۔ ییٚہ اُمی سند برابری ٹُین ستۍ واٹھ کھیوان آسنہٕ توے بنیو ونہ اُمس پننہ سأرسی زندگی منز کانٛہہ دوس سوٲے پرٕ شریعت یمہٕ سنزِ لونچہ ۱۹۶۲ ءٕ پتھے چپرہ تھف روٗز۔ ییٚہ مسلسل اتباع سلوٗک، شریعت برجوٗع خاص بسلسلہ نقشبندیہ اُس ییٚہ یمو (مرشدن) ۱۹۷۱ کہ وری یہ رجید صأبس خطِ ارشاد بخشوو ییٚہ امہ پتہ اکھ ڈری برابر ۱۹۷۲ ءٕ کہ دوہ پیر اسد اللہ صأبن بظأہر انتقال کوٚر انا للہ وانا الیہ راجعوٗن

تفصیلی حالات پریو کتاب ''نداۓ متکی آلو'' منزہ

امہ سجادہ نشینی پتہ پیٚیہ رجید صأبس بے پژھ ییٚہ ناقأبل گمان اکہِ نوہِ زنمہ تیز دھار تبری زندگی اختیار کرُنگ حُکمِ بأطن عاید سپد تھ کرتھ غولامی ہنز ہأنکل

پوشرٕ نہ آیہ۔ یتہٕ اُکس صحرانشین ذات تنہائی مجنوٗن نماتنفرادا، جلالی کھارس بروٗنہہ کنہِ پٔنن پوٗت کال نذرانہ دُین پیٚو وتہٕ یمس وجوٗد ہمہ اوست کِس درجس منز صحبت سگاں اوس تہٕ اُکسی رکأبہ منز طاألب تہٕ مطلوٗب ییٚہ زٕ ہوٗنی Dogs یکجا شاملِ طعام نصیب گوٚو، کوتاہ کریوٗٹھ تہٕ دشوار مٔنزِل، اتھ ونو عقل چھ لاجواب۔ شریعتہٕ کہ تھدٕ مِنارٕ دٕستھ ہمہ اوست کِس سمندرس منز پھٹُن چھ یمہ زندگی ہُند اندگرنس برابر۔ اُمس جنگلی صفت آدمس بسلسلہ سہروردیہ سُند بیہ خاردار بوٗرٕ وتہٕ راونٕہ خاطرٕ پیٚو جناب شیخ مخدوٗمؒ صأبس رجیدہ صأبُن انتخاب کرُن تہٕ ۱۵ دسمبر ۱۹۷۶ء شبہ آیہِ یم یہ حُکم نامہ طوق غولامی ہتھ درخانہ شعبان وگے، امیک تحریری تصدیق دُیت دٕ یمہ دوہ پانے اُمی مجنوٗن درویشن درخانہ صمد بٹ بدسگامہِ۔ یُس ازتہٕ توٗہ ملاحظٕ کریوٚ، اتھ یکتائی ہندس عملی وجوٗدس یتھ مُہرِ سلطأنی نقش آمت اوٗس ازبأطن کرنہ یمہ کِس صحبتس گُلی تہٕ اولین شرط ترک ازدواجیت حُکم باعمل چُھ۔ وجید صأبس روٗدسُنیتگ پنداہ وریہ بانچ اولاداں ترہ دخترہ تہٕ زٕ نیچیو حأصل تہٕ اتھ ترٹہ طوٗفانٕ وتہٕ منز پیٚہ اُمس اکھ دختر کربلا کِس کارزارس منز اول مئی ۲۰۰۴ء قوربان ڈٕنی۔ یمس شہید سنزِ قبوٗل قربأنی موجوٗب دستِ بدعاروٗزِتھ تہٕ امہ کِس یادس منز یم مناقبت اجراسپدان چھِ۔ اتھ منزلِ فقرس اندر دأیمی طور کریژھ کینڈ چینٛز مقدر بنوٗد تہٕ یہِ عمل روبرو طاألب و مطلوٗب یعنے فقرو درویش سلطان روز صحبت ہم نشینی ۴ اگست ۱۹۹۰ء تأنی..تھ دورس منز یہ سأری ریاست زیر کرفیو جأری اُس۔ آخرس آو یہ جسدی پہلوان تتھ جسدی کمزوری منز زِرفتار، گُفتار روٗس بنیٚو ویہ رجید صأبنہ کھونہ ہندی زاشرتہٕ پتہ امی

سندوی اتھویہ امانتھ درلحد شیرنہٕ۔

۱۳ رجید صائبنس سپنس ڈوکھ دِیتھ ترٛوائمی سپنین آخری شاہ۔ یتھ پاٹھی

باعمل سلطان باسند بننے انتقالی وارث محترم وگے صاٗب۔

یتھ مادیاتہٕ کس دورس منزامہ وتہٕ پکُن تہٕ سماجس منز روزُن چھ دُشوار ترین

معاملہ۔ یتہِ لذاتن تہٕ جنسیاتگ زور پکہٕ دُنہ خوٗنہ کھوتہٕ زیادہ چھ۔ اتھ ماحوٗلس منز

یتہٕ حوٗرن ہُند گنیر آسہ تہٕ ترک جنسیاتس رام کرُن کوتاہ دُشوار چھُ۔ یمہ موجوٗب خدا

پربزناونہ خاطرِ ریشوانسانی بستیو دوٗر جنگلن منز پناہ نیٛو وتہٕ تمن کوتاہ تھوٗد درجہ آسہ یم

ترک لحم آستی نہ ترک سنت روزبن تہٕ انسانی بستی منز قرار لبہن۔

خدائے ذوالجلال دِین ساری جنت سیرگاہ باذن پاک باش مہاریۂ لیس

ناٗوشاہنوازہ درصفحہ تواریخ لیکھنہٕ آو۔

طالب دعائے خیر

حاجی غلام نبی بیگ

تہٕ اولادِ مصنف

بشیر احمد وگے

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

وجوٗد دنیا چھ شروع گژھان خدایہ سنٛدٕ ناوہٕ ستی یُس رحیم تہٕ رحمان چھُ۔

پننہٕ کلامک تہٕ عظمتک اعتراف تہٕ اعلان، وصف رحیمانہٕ ستی ییٚلہ زن یہ

صفت تمام زبان ارشادربانی سندہ صفاتِ جلالی تہٕ جمالی پٹھ سرس تہٕ بے نیازی منز

بانیاز آسنک وعدہ چھ۔ اکھ بندہ ییٚلہ اتھ سنہٕ تیٚلہ چھ تٔمس سارسی عمرہ یہ سرٕ ہ کرٕن زِ

یہ کتھ حدس تانٛی چھس بشریتہٕ کس دارِس منز خطاہن ہُند انبار سوٗنبراوان تہٕ ییٚلہ

پروردگار امہ وعدہ بروٚنٛہہ گن قہار بنان چھُ۔ اماہ اٗسی ییٚلہ یموٗ اچھو یہ ڈٕچھان چھِ

تیٚلہ کونہٕ چھِ اسی سہ وتھ اختیار کران یمہِ ستی سہ لبہ ہو تہٕ کرہ ہوٚ تٔمی سنٛز رحیمی حاصل۔

اتھ صفت رحیمس واش کران بنہِ اکھ بڈ کتاب مگر یتہٕ چھ مُراد یہ وُنن زِ رحم کرن والی

سنٛدس اتھ بجرس منز گس بندہ تہٕ آسہٕ نہ یُس اٗچ وسالت تہٕ قبوٗل رحیم ژھارِ نہٕ۔

کینٛہہ مجبوٗری، کینٛہہ حادثاتی، کینٛہہ لغزشو ستی خطایہِ پدتھ چھُ بندہ اکھ بوڈ ووش تراوان

تہٕ بے والیہِ کرِتھ لایان۔

اے خدایہِ وٗنی کرتہٕ میٚہ پٹھ رحم۔ یہ وقت چھ بے بسی تہٕ بے کسی ہُند

لاچارپن آسان۔ دۄن چشمن منز ییٚلہ آب پھٹان چھ تہٕ خودایے تہٕ چھُ پننہ جلاتکہِ

منزلہِ گسہ وُنہ دو ہکی پاٹھی وسہ وانس یعنی لوٗسنہٕ کس جمالس نظرِ تل اٗنتھ اٗمہِ سنٛز

اکہ بروٚجہ پتہٕ صفت رحیمانس گن یتھ یتھ لس غفار بنان چھُ۔ حالانکہ آفتاب چھنہ

لوسان مگر اٗمِچ عمل چھ کائناتس شب وروز دِوان۔ بندہ اٗکس بے قرار دٲدلدٕ سنٛدی

پاٹھی راتس قیامتچ دگہِ ہندی پاٹھی ژٕہیٚ گنزراوان تہٕ صبحس شہجارِچ ننبدر کانٛچھان۔

یہی چھ یمہِ زندگی ہُنز کہانی بنان مگر کینہہ چھ اَسی تم تہٕ وُچھان یمہ زمانہ یمن جوانی ہُند شاہہ گھسہ وٗنس جوانی منزِلس منز کینژن پہرن اندر سپر دحوالہ خداچھ کرُن پیوان یا یمن ہنہٕ یوان، اتھ صفتِ ذاتس پیٹھ آزماینچ یمہ کِس شعرغزلیات لیکھن والس فقیری وتہٕ پننہٕ زندگی پانہ راینمتس نصیب گٔے، یِمہ سنز لختِ جگر گل نوازہ یہنز وچھ دگ اول مٔی ۲۰۰۴ ءپیٹھ پکہ وِنہٕ خونکی پاٹھی جاری یتھ وجوُدس روزُویتہٕ ران رحیم سنز خدایی کمہ غایبانہ سر وجوُدچ یہ رحیمی عطاسپز اتھ چھنہ سوایے انتظارِ صبر کانہہ چارہ۔

مقصد چھُ یہ زِ رُبہ سندبن امتحانن۔ یم تہٕ سُہ پننین بندن پرکھاونہ تہٕ پننہٕ بے نیازی ہاونہ تہٕ شرپراونہٕ خاطرِ کران چھُ۔ یتہٕ نی وارداتن ہُند اظہار یمس پژہ تہٕ تِمس ترتیبی زیٚو بخشہ تہٕ امہٕ قسمہ کہِ کرِبکہٕ چھِ شعر گوی ونان مگر یہ تہِ از حد ضوروری زِ حالاتن تہٕ جذباتن منز یہ ترتیب کس روز بحوالہ رب درنصیب۔ اوے چھ حکمِ الٰہی قرآنکس سورہ شعرا ہس منز یہ فرمان اُومت:

نِہم شاعریم نہ زانان چھِ یہ تم ونان چھِ چھ ردِیوان گرنہ

بہرحال یہ چھُ زانُن زِ یہ غزلیاتچ کِتاب چھِ جسمانی زیٚو ہندِ ذریعہ روٗحچ ترجمانی۔ یُس یتھ قید حیاتس منز حیاتس ژھاران تہٕ گاران چھُ یا یتہٕ شہوُد پنہٕ نِس وجوُدس یتھ منز رُب تہٕ چھُ۔ یتہٕ شہوُد طلبگار تہٕ سرخم آستھ سیم آبکی پاٹھی بے قرار روزان چھُ، یتہٕ بشر نوٗرا زلچ جلالی زِژ وُچھتھ عقلہ ڈلان تہٕ جمالی شہجار زانتھ مجنوٗن ہٕتھ پان فِداکران تہٕ یکی یکی چھنہ گنہ تہٕ یاپان۔

یہ کِتاب حقیقاً توحیدی تصوٗف پیش کران چھِ ۔ چھ پنہٕ نِس محبوٗبس کُنہ تہٕ
جایہ دور رُک ، کُنہ شایہ زالنیک تہٕ عموماً رٕزناوونہ خاطرٕ پننہ بے بسی ہُنز گرأو کران ۔ تہٕ
اُمس ٹاٹھس ناو ویٚنی ، متو ، بالہ یار ، نگار بیترٕ وٚنتھ نالہ دِوان ۔ کُنہ کُنہ ظاہری تہٕ تٔمی سٕندِ
حُسنک حوالہٕ دِتھ مثالہٕ پاٹھی ، پوشہ تھٔر یے ، سُندر یے ، دلبر یے کوٚژ دِوان ۔ یِمن غزلن
ہُند صوٗفیانہ انہار یتہٕ ہمہ اوست تہٕ وحدت الوجوٗد پیٚدان چُھ ۔ یہ ہیکہ تٔمسی نظرِ یتھ
یُس یِموٚ کُنڈ کھار بوٗ منزٕ فرہاد بنیوٚمُت آسہ ۔ یِم ساری نواپچ شاعری زیٚو چھِ اُمیک
سوٗرے مطلب تہٕ انجام چھُ رٕبہ سُند بوسیلہ لاشریک زانُن تہٕ مشاہدہ کرُن ۔

رجیدہ صابٔنی لیچھ ہٕژہ تواُریخی کِتابو تہٕ شعر گوی منز چھ فنا فی الشیخ درجہ
روٗدمُت تہٕ مناقبن ہندی پاُنژ حصہٕ اجراتہٕ شایع سٕپدمتی ۔ لگ بھگ مجموعہ مناقب
بنام ''ندأمتکی آلو'' بتاریخ ۱۶ جولائی ۲۰۰۵ ء کہ دوہہ آیہ جناب مجروح رشید سٕندِ
ذریعہ اجرا کرنہ ، یتھ مجلس دعاییہ منز جناب ظریف احمد ظریف تہٕ شامل اُسی

از کہ دوہ چھ کأشر غزلیاتچ کِتاب بنام ''خوٗنِ جگر چوٗم'' موحترم شادرمضان
سٕندِ اتھ پیش یِوان کرنہٕ

اردو غزلیاتک گوڈنیک حصہ بنام '' سوزِ جگر'' چُھ اتھ ہتہٕ
بدست ــــــــــ اجرا یِوان کرنہ

یِمہٕ مجلسہٕ ہنٛدی خاص مہمان جناب ظریف احمد ظریف ، جناب مجروح
رشید صاب تہٕ ــــــــــ شامل فروغ ادب ہمنشین موجوٗد چھِ ، اَمہ
علاوہ چھ تواریخ بدرالدین ریشی گوڈنچ نادر تواریخ ستہٕ ہتہٕ وُہری پتہٕ رجید صابن تحریر

گرتھ یتہٕ کہِ اوقاف زیرِ صدارت ۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔ کہ کوٗشش ہتی اجرا یِوان کرنہ۔

دۄ میدچھ زِ کشمیر ہنز یونورسٹی منز ین یم

نایاب کتابہ لائبریرین منز شامل کرنہ علاوہ سکوٗلی نصابس منز تہٕ شامل کرنہ۔ جدید ذرایع ابلاغ یعنے ریڈیو تہٕ دوٗردرشن والی تھاین کاشر زبانہ ہنٛدِ ترقی موجوٗب یم پنہ نبن پروگرامن منز شامل۔ سأروی کھوتہ چھ توقع زِ کاشر زبأنی ہنٛدی دعویدار ادارہ کلچرل اکادمی گرِ رجید صابنبن اشاعت و اجرا گری متبن ادبی تہٕ اعتقأدی تحفہ جاتن محفوٗظ تہٕ مُشتہر۔ یتھ پأٹھی ادبس ہُر بر کرُن زانبن خدمتِ تہذیب تہٕ قومی سرمایہ۔

یتھ دورِ مأدیتس منز چھ اکہ أندہ یہ روٗحأنی سرمایہ مجاز یتہٕ کہبن جامن منز رنگہٕ نأوِتھ حقیقتچو نظرو نش پرٛزھیُن یِوان گرنہ۔ یِیمہ ہتی اخلاقیاتُک موٗل پرأٹھ عقلی تدارُک لاعلاج بنان، برأعظم ایشیہکی مُسلسل انسأنی قدرہ مغربی تہذیبکی شکار سپدأوِتھ اتھ پٔنُن وسیلہ روزگار بناوان۔ دوٗ یمہ طرفہ دعوئ توحیُد کرن والی ہمن روحأنی زان اتھ یِوان چھنہ چھ شرک و بدعتکہ ناوہ اسلامی تصوفچہ جو یہ ہو کھ نأونس خدمتِ دین زانان چھِ، چھنہ بہ نظریہ تحت زمانہ گرد آبچہ نزأ کتھ تہٕ ترویج حدِ دین محسوٗس کران۔ یتھ اصلی تصوٗف یعنے جہادِ اکبر صرف اکھ دلیل بنہِ ہے نہ تہٕ مغربی مأدیتچہ وتن لأر روزٕ ہن نہ۔ یتھ ریاستس منز چھِ کأشر زبان اکھ پرأن وارٛژٹ یِوان سمجھنہ تہٕ تہہ پہ تہہ مُلبس تل لتھ نأونہ یِوان۔ یُس اکھ بدٔ قسمتی چھِ۔ دۄ میدچھ زِ یِنکی زندہ شخصیات گرن۔ یتھ نوسرہ سگہٕ نأونچ عملی تدابیر

تُہند دعاژھارن دۄل ازبیان: رجیدہ پیر بابا

# اکھ طالب دعائے خیر

وارِیاہ ژِہر سپُد ملاقاتھ موحترم پیر بابا رجید صابس سِتی۔ سایل چُھ خاندانی پیر زادہ تہٕ یتھ واری منٛز یُدوے پیر و بزرگان ہُنز کانہہ کمی چھنہٕ مگر سلو، کچن وتن منٛز فدائے حق سپدٕمتی چھ نایاب لوٗکھ۔ یہ صبر وتوکلچ وتھ، عبادات بے ریاتہٕ بے غرض تلاش حق ژھارن والی عنقاسپدان، موحترم وگے صاب۔ یِہنز زان یِہنزِ مناقبچ کتابہٕ ''ندا متکی آلو'' پٕرتھ سپدان چھِ۔ یِمو لوکچارِ تہٕ جوانی وُچھمٕژ چھنہ۔ یم چھ قودرتی تہ فطری طور راہ حقس لارتھ گامتی، یم چھنہٕ کانسہ دُشمن زانتھ کانسہ راہ کھالان بلکہ چھِ پرِبتھ کانسہ پننہِ اخلاقہ تہٕ خوف خدا زانَنہٕ چ جستجو کرنہ خاطرٕ ظاہر وباطنی رموزاتو سِتی ارشاد کران۔

بہ چُھس یِمن نش اصلاحی تہٕ عباداتی دعا خیر حاصل کرنہ خاطرہ گاہ بگاہ حاضر سپدان۔ یِہنز یہ غزلیاتچ کتاب چھ تلاش حق تہٕ روحی اپیل ییہٕ رُبہ سنزِ رضا مندی ہُنز آرزو۔

طالب دعائے خیر برائے دین ودنیا

فیروز احمد شاہ : عاصف فیروز، سمیر فیروز تہٕ راشدہ

طالب ایمان: حاجرہ

# ہوشدار گوش تھو

کاشُر شاعری ہندس توارٗخس منٛز چھ صوٗفی شاعری پنُن اکھ مخصوٗص مقام یٖیمہ کِس فکری پوٚت منظرس منٛز تم مذہبی عقیدٕ تہٕ روحانی فلسفہ کارفرما چھ یم کشیٖر ہندس سرزمینس پٮ۪ٹھ وِزِ وِزِ پھانپلیہ تہٕ پھانپھلِتھ گرٕکھ کاشرٕ بن ہنٛز ظاہری کیو باطنی زندگی معطر۔ یمن مذہبی عقیدن تہٕ روحانی فلسفن ہنٛز بُنیاد چھے۔ تھ کتھ پٮ۪ٹھ ڈرِتھ زِ پزر چھ اکھ تہٕ اتھ پزرس چھِ فقط ناو الگ الگ۔ یِہنا دارن ہُند وُن چھِ زِ یِتھٕ کنٛز سنٛذی جہ دانس منٛز تیل۔ دودس منٛز تھٔنی، دری یاوس منٛز آب، زِنس منٛز نار تہٕ گولابس منٛز مُشک ژھپتھ چھُ تھے کنٛز چھے ذات صفاتس منٛز بستھ۔ مشہور فارسی شاعر جلال الدین روٗمی چھ اتھ پزرس یتھ کنٛز باوتھ کران

ژانگی وچھ مختلف مگر گاش چھ گُن

یہ گاش چھُ ازغاب یِوان

ژانِگس گنڈتھ مدعے تہٕ رٔدِ وکھ

تِکیا زِ تور چھُ تعداد ک تہٕ کثرتک باس وو پدان

گاشس گنڈ مُدعے تہٕ آزاد سپد کھ

محدوٗد جسمس منٛز بستھ دُیی نِشہ

ہے ژٕ چھکھ وو جوٗد چ گوج

مسلمانس، آتش پرستس تہٕ یہوٗدس درمیان

اختلاف چُھ محض وُچھن ترایہ پٮ۪ٹھ منحصر

گُلہم کاشُر شاعری چھے امی پزٕرچ ترجمان۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سند مُقدس

کلامہٕ تہٕ چھ اُتھ تصوُرس پتھٕ گنٔ نغمہ سرائی کران

شِو چھے تھلہ تھلہ روزان

موزان ہیوٗ ند تے مُسلمان (لل دید)

مُسلمانن کںو ہند بن

کر بندن توشہ خودائے (شیخ العالمؒ)

اسلامی تصوفُک روٗح چھ عشق الٰہی تہٕ صوٗفی چھ اتھ مومن سندِ ایمانچ کوٗنز

گنزران۔ قرآن مجیدُک واضح ارشاد چھ

والذین آمنو اَشدُ حُباً للّٰہ (سورہ بقرہ)

(یمو ایمان اوٗن، تمن لوٗکن ہند ساروے کھوتہٕ ژوٗر محبت چھ فقط

خودالیس ستی)

''صوٗفی چھ پرٕتھ کانٛہہ عبادتھ تہٕ عمل، محبت الٰہی باپتھ کران۔ تٔسند دل چھ

پرٕتھ کُنہ آلایشہ نش پاک تکیا زِ یسندِس دلس منٛز چھُ فقط خودائے سُند لول''

صوٗفی عقیدٕ مطابق چھ خودائے سند لول اکھ تیُتھ نار الاوٗس خودایہ سند یادٕ

بغأر پرٕتھ کانٛہہ چیز زالان چھ۔ یوٗہے چھ سُہ تصوُر یُتہٕ دوگنیار وٗسی پتھ گنٛزِک

صدائے بازگشت ووتلان چھ۔ یُتہٕ جُزٕ کلس ستی وِصل پرٲونٛک طلبگار چھ، توے چھ

بیاکھ عظیم صوٗفی منصوٗر حلاجؒ ونان

''صوٗفی چھ گُن ووجوٗد، یُس نہ بیٚیہ کُنہ ووجوٗدس تسلیم کرِتہٕ نہ کرِتس کانٛہہ

دوٗ جوٗد تسلیم''

گُنز کس اتھ پأے غامس چُھ حضرت علمدار کشمیرؒ یتھ کنۍ زبو دِوان

گُنزے بوزکھ گُنہ نوروزکھ

اُمۍ گُنزن کوتاہ دُت جلاو

عقل تہٕ فکر تورکوٚت سوزکھ

گُمی مالہ چیتھ ہیوٚک نُہ دری یاو

یہ چُھ اکھ سُہ مقام ییٚتہ عقلہ ہُندۍ پیمانہٕ ژھوکان چھ تہٕ عشق چُھ مُنزل پراوان بقول علامہ اقبالؒ

بے خطر کود پڑا آتش نمرود میں عشق

عقل ہے محو تماشائے لب بام ابھی

توے چھُ امام غزالیؒ فرماوان : ''اکہ گأنٹہ تفکُر چھ اکہ رأژ ہندِ قیامہٕ کھوتہٕ بہتر، حضرت ابراہیم نخعیؒ ین آو پرٛژھنہ زِ توہۍ چھوسبٹھاہ وقتس سوچان، تمو فرموو'' فکر چھ عقلہ ہنز گوٗج''

کأشر صوٗفی شاعری یہندس گلہم ادبی خزانس وُٚن دِتھ چھے یہ کتھ عیاں زِیہ چھے روحانی تجربن ہنز شاعری۔ صوٗفیانہ روٗموزن تہٕ اسران ہنز باوتھ۔ صوٗفی شاعر چُھ یمن رموٗزن واتان تہٕ اسرارن ژینان تہٕ یمنے روٗموزن تہٕ اسرارن تجربہ بناوتھ شاعری منز پیش کران۔ اوے کنۍ چھ صوٗفی شاعری گُدرن حال ونہٕ آمٕت ییٚتہٕ لِسأنی زأوِدۍ جارن کھوتہٕ تجربس اہمیتھ چھے۔ مشرقی تصوراتن مطابق چھے شاعری الہام

یِیمہِ کنٛہ شاعرس ''تلمیذ رحمان'' یعنے خوداے سند شاگرد وننہٕ آمٕت تہٕ شاعرسنٛز پٔرتھ کانہہ باوتھ چھے سِرِ اسرار گنز رنہٕ یِوان۔ بقول شمس فقیر:

سجودس منٛز مے ڈیوٹھم وجوٗد شہوٗد گوم گُم

سُہ سر موجوٗد رووٗم چھناتتھ جامہٕ نأ لی

اِ کنہٕ ہرگاہ أسی اکو ہمہ صدی ہند بن صوفیانہ مزاز تھاون والین شاعرن ہندس کلامس وٕنٛ دِموسو چھے شاعری ہندبو بنیأدی لوأزِ ماتوتہٕ تقاضو نشہ مچھ ترأوتھ اتھی پوٚت منظرس منٛز پرکھاوِنی۔ امہ قبیلہ کین شاعرن ہنٛز شأعری چھنہٕ ہرگز تہِ یمن پابندِ ین تہٕ تقاضن ہندس پوٚت منظرس منٛز مولہِ ونی تہٕ تنقیدی کھوچہ کھالنٛ بلکہ یِہندِ بن جذباتن تہٕ احساسن ہندس جذبس تحت امہٕ قبیلُک شاعری پرٛنی۔ تکیاز یِتھ کنٛہ صوٗفی عقید مطابق خوداے لولس کانہہ سرحد یا کانہہ بنہٕ چُھنہ تتھے کنٛہ چھنہ لول یا پننٛہ سری تجربہ باون وألس یِتہِ کانہہ دأ یریا کانہہ مخصوٗص سرحد مقرر۔

جناب غلام محمد رجید چھ امی قبیلکی اکھ پرگو شاعر یمی ظأہری زندگی خأرباد کٔرتھ باطنی زندگی ہندٕ رٕموٗز و اسرار سرنکی طلب گار چھ۔ دراصل چُھ یِہنٛز زندگی ہند مولہٕ مُدا، خوداے لول کاچُھن تہٕ اتھی لولس منٛز پُنن مقصد حیات زانن۔ بقول لل دید:

لولکہ وٕد کھلہٕ وأنج پشم کوکل ژھٕ حم تہٕ روٗزس رسہٕ

بُزم تہٕ زأجم پانس ژشم    کوٗ زانہ تنہٕ سٕتی مرکنہٕ لسہ

جناب رجید صأب چھ اکھ صوٗفیانہ منُش یم امی لولہ کہِ وٕد کھلہ وأنج پشتھ

پانس خوش کران چھ۔ یم یہ کینژ ہاہ تہٕ سران ژینان یا محسوٗس کران چھ تھٕکی چھ منظوٗم باوتھ دِوان تہٕ پنُن تن تہٕ من رنزٕ ناوان۔ یہندی شار چھ یمنے تجرُ بن، احساسن تہٕ جذباتن ہندی اظہار یمہ پران پران شاعرانہ زاٗوی جارن سنہٕ بجایہ انسان صوٗفیانہ زاٗوی جارن سنان چھ تہٕ یوہے چھ امہ شاعری ہُند مول تہٕ

در ظلمات اژ بر کر لال نارس نورس سپدی وصال

قالس حیرت اژ در حال سروے قدے زاجنم تال

در سکوٗت روٗزتھ پنہاں چھے گفتار چھے بے قرار

حساب تتھ مےٚ دانہٕ دانہٕ چھے کس بوونے کیاہ

"خوٗن جگر چوم" ناوچہ کتابہ۔ تھ شعر سونبرنی منز شاٗمل کلامہٕ پرٛتھ چھ باسان زر جید صاٗبس چھ پننہِ شعر روایژ ہُندتہٕ جان مطالعہ ییتھ کنٕ تم امہ نشہ استفادٕ کرنچ کوٗشش کران چھِ۔ دراصل چھ ساٗنی موجوٗد دورٕکی صوفیانہ مزاز تھاون واٗلی شاعر تم اصلاح ورتاونچ شعوٗری کوٗشش کران یم گنوہمہِ صدی ہندو کاٗشر بوصوٗفی شاعرو پننس روحانی تجزین شاعرانہ فنکاٗری سان ورتاوِ مژ چھے۔ وون گوپرٛ۔ تھ شاعرس چھے پننی پننی تخلیقِ آگہی۔ تخلیقی ہونرمندی۔ لِسانی زان۔ تمہِ تمہ زاٗنی ہند ورتاون ول آسان تہٕ یمےٚ چیز چھِ شاعر سِندس شاعرانہ ووجوٗدس پننی مخصوٗص پرزنتھ بخشان۔

پے بوزتھ از لال بازارن، وتھ رٹھ پوختے کارن ستیٚ

پن کھال موختس کن تھاوتارن۔ لے تھاوپوشیدہ کارن ستیٚ

ذکرے مےٚ فکرِ آب چوم　کس ونہ کیاہ چُھم اوم زوم

زیوہ رُس بہ تھوونس بے حساب دِتھ مس چوونس تمیٚ شراب

وٚنحن اقرب　دھیان گٚری گٚری مشتھ گوم وجوٗد

چانہِ نوٗرانہ پرزلان ذٕرہ ذٕرے　پان مارے ہو

محترم رجید صاَب چھِ دنیاَوی اعتبارٕ تہٕ پڑٕی متی لیٚکھی متی انسان یمن پنٕنز ساٚرے واٚنس بختیت وہستاد گُزاٚر۔ ییٚمہ کنہٕ تہنز شخصیت تہٕ بہتر شاعری پیٹھ امیٚک اثر ٹاکارٕ چُھ۔ یموچھے ییٚمہ بروٚنہہ تہٕ واریاہ شاعری لیچھمٕژ تہٕ کینٛہہ شارٕ سوٚمبرنہٕ چھکھ بازرتہٕ کڈمٕژ۔ از چھ یم پنٕنز بیا کھ شارٕ سومبرن ''خون جگر چوم'' بازر کڈان۔ مےٚ چھِ وومیدز پرن والین ہُند شوق تہٕ کھسہ شاعر سندِ شوقکی پاٚٹھی رٕتھ۔ خوداٚ ے بوزِن یہ شار سومبرن سپدٕ ن تہندِ باپتھ تہٕ پرن والین ہندِ باپتھ بار آور ثابتھ۔ آمین

ڈاکٹر شاد رمضان

یونیورسٹی کیمپس

حضرت بل سری نگر

۱۱ اگست ۲۰۰۵ء

## خانہ شریعت وطریقت کے فقر میں ایک کربلائی امتحان کا احوال

بھیارا کوءِ ۂ آیوکھ دوہ پوٚنشے

خزانوٚ نیہِ ڈہتھ چاۂنی شان و شوکت

آسے للہِ وُن تھووتھ تی تا قیامت

ۂ کیرٔھاہ آسی بکار سائنی ندامت

یمہ شایہ فقرِ گئے موے سوٚنبرِتھ

ۂ تتھ تھووُتھ خونِ نوازہ غُسل شہادت

وٗسیلگ عمل عبادت ، یٚمہ عمرِ ہُند کار

ولے پیشِ امرِ رُب کوٚرنہ کاۂنسہ خلل جسارت •

آشی بُر پیالن بوئے گُلاب پیتہ ذکرِ اللہ

نواز آسی دل پھوٹنہ جاۂنی کتابت

# ویداکھ خانہ

ظاہرُک یہ غریب خانہ | شیران ژ آکھ خدایا
شرعی اسد ۔۔ سلطان | یتہ ژ گیتہ رِتھ خدایا
کم سِن بنہ ستھ بھایٔ | مرادنہ کار کران روٗد
یمنی ژ تقدیر ۔۔ تدبیر | تھوٗوتھ پیٔرِتھ خدایا
نزدیک بٹھس وآتتھ | اسمانہ ترٹھ ژ وآجتھ
زن اوشکھ نہ زانہہ ۔۔ | یمہِ شایہ ژ ٹھہرِتھ خدایا
یمہ باغہ کُے باغوان | روحانیت ۔۔ پہچان
آستھ نوآز سوٗزمہٖ | اڑ پھٹجی گُرتھ خدایا
گھسہ ڈُن ۔۔ معصوٗم خانس | سُنز اڑ لیکی کرتھ ژ
مردانہ پاٹھی نوازس | اوشکھ جُرتھ خدایا

| | |
|---|---|
| سانئن اُچھن منز نواز | دل رِوان پاش پاش |
| ساعتہ ساعتہ برآنتھ نوازِنی | تھاوِتھ روشتھ خدایا |
| سائنس بھیارِ جہانس | واو ہردُن فُرِتھ گوٚو |
| یہ کرۍٹھ جدای ژالہ کُس | اَسی شرٛ پیٛمت خدایا |
| یێمہ شایہ باطن حُکمران | ظاہرُک ظُلم و قیامتھ |
| کوہ تی روا ژٕ زونُتھ | سر دارِتھ خدایا |
| منزلے فنا فی الشیخ پتہ | فنا فی اللہ ہیوٚو کوٚرتھس |
| گھسہ ؤن گُلاب دختر | قربان گرِتھ خدایا |
| مایوس دولاب حسرت دم پھٹۍ | کوٚرُتھ ژٕ رجید |
| داغِ جگر نوازِن | یگلان گٔترِتھ خدایا |

01.05.2004

Gulnawaza proved Shahnawaz

in the History of this Faqhir Home

01.05.2004

دین کے واسطے دھرتی پہ جہاد اکبر میں رہے بابا

شکوۂ کربلا نہ رہے بابا جہاد اصغر کے نذر نواز

# حصہ اول

کاوہ سُند ٹاو ڈالِھ طوطہ گُفتارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

شِلہ ژوٚر کیاہ کرِ دلِ بیدارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

یندرازٕ ھا یانے بازارن
توسس پن ازکارن ستۍ

کتھِ ہُند مانے نشہ زاٰنۍ کارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

مسجد زاٰہد دوٚگنیار تارن
رِندن کاٰم زُنّارن ستۍ

کُن فیکوٗن ووٚن پروردگارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

پے بوٚزِتھ اژ لال بازارن
وَتھ رٹھ پوختے کارن ستۍ

پن تار موختس کن تھاو تارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

رجیدہ معصوٗم شرع بازارن
سیر اسرار زان ندامت ستۍ

ہر دم لَے تھاو ستۍ ازکارن
لَے تھاو پوٚشیدہ کارن ستۍ

26.08.1972



آمی یاآری کرنس بو خراب | دِتھ مس چوونس تٚمی شراب
زنٛدٕ چُھس بہ سودرس منٛز حُباب | دِتھ مس چوونس تٚمی شراب
کرٕ کیاہ مےٚ ہاأنکل ناٮ۪ل چھم | زخمن اندر چُھس لاجواب
تھوونم لولے دردُک عذاب | دِتھ مس چوونِس تٚمی شراب
ذکرے مےٚ فکرِ آب چوم | کس ونہ کیاہ چُھم اوم زوم
زیوہ رُس بہ تھوونس بے حساب | دِتھ مس چوونِس تٚمی شراب
تنہا تہٕ تنہاأیِ مٮ۪ٚے کار | شاہس گواہ چُھم شاہسوار
نورِ ازل تتہِ بے جواب | دِتھ مس چوونس تٚمی شراب
ازلے بہ ترٚوونس در دولاب | موسیٰؑ تہِ تتہٕ گو لاجواب
ہاأنکل ہٕٹس جگرس ضراب | دِتھ مس چوونس تٚمی شراب
جامس دامن نے چُھ نال | کس ہیکہ کرٕتھ اظہار حال
رجیدؔ گٔرتھ تتہ جایہ لاب | دِتھ مس چوونس تٚمی شراب

08.04.1970



نِشہ مندرس پوزاے کرے | پان مارے ہو

روژ چانہ باپتھ روزہ درے | پان مارے ہو

سِر چُھم مہ بس تائیم چائی | لولہِ للہٖ ناوے

نِش طوٗر ہے کلام کرے | پان مارے ہو

امہ پنئے اظہارے | ہوشدار گرتھس بو

اتھ چانہِ ژھایے ژھالہ مارے | پان مارے ہو

ہاوتھ ژ وجوٗد پنئے | سجدہ کرنووتھس

لرہ پنئی ڈزم لرے | پان مارے ہو

کھولِتھ ژے عشقُن دکان | سوداے سوز و غم

برہم دِتھ مہ تھاوتھ ارسرے | پان مارے ہو

حبابہ ٹُندرکی ستی جگرس | مےٗ گرِتھ کباب

امہ جوشہِ لوگم ہوش درے | پان مارے ہو

وٕنحن اقرب دھیان گری گری | مُشِتھ گوم وجوٗد

چانہِ نوٗرٕ پربزلان زر زرے | پان مارے ہو

آزار شابس چُھم میٛہ پانس | خاک مُلوتھ گوس
گُل پیوٗس ہُرتھ گوس بُرے | پان مارے ہو
پامو ہتھن جامہ پٔنز | چاکھ گُمتی چھِم
زنجیر دسہ بوسہ سر بسرے | پان مارے بو
پوٗشیدہ ہتھ گرٕ پٔنے | توتہٕ بدنام چُھس
رجیدہ ہتھ دل داغدارے | پان مارے بو

12.11.1970

زال زاوٗیل مس کھاسی بری یے لو | حوٗر ونہ وان گُنڈی گنڈی ڈریے لو
چاو داماہ سورچ پری یے لو | حوٗر ونہ وان گُنڈی گنڈی ڈریے لو
درد نارے یُتھنہ زیتہٕ ژھیوٕ ہو ہو | پیمل بادن سجدے دِمس ہو ہو
وُٹھ مِلوتھ اگرس تری یے لو | حوٗر ونہ وان گُنڈی گنڈی ڈریے لو
سُلہ صبحن کستوٗری جل بولن | سازِ یندرس منزلنہ منز دراز دل کھولن
کنن گُس گُس خُسنچ پری یے لو | حوٗر ونہ وان گُنڈی گنڈی ڈریے لو
منز عالمس عالم رو پوٗش چُھے | دانہ دانے وانس سودا چُھے
امہٕ وانہ چُھے عشقہ زہر مُلی یے لو | حوٗر ونہ وان گُنڈی گنڈی ڈریے لو

زالہٕ گمی لاگی سیاہ موے آویزان
در حیرت رند چھی پان ماران

مارِ پیچان کار، گمی جرٕی یے لو
حوٗر ونہ وان گٔنڈی گٔنڈی ڈریے لو

کیاہ ظالم عالم زاہد چھے
تمہ بازرہ فتویٰ کفرُک چھے

کمن پننے تُندرٕ مندری یے لو
حوٗر ونہ وان گٔنڈی گٔنڈی ڈریے لو

در دس چھے پیالن منز رٔٹتھ شیر
تتہ رِندن چاوان وصلک سیر

تتہٕ رجید گومت سٔری یے لو
حوٗر ونہ وان گٔنڈی گٔنڈی ڈریے لو

25.06.1972

اندر وجوٗد موجوٗد چھے
کس بو ونے کیاہ

تتہِ پأژٕ پانس سجوٗد چھے
کس بو ونے کیاہ

شہوٗد تھوٗون میہ اکھ فریاہ
کرنوٗنس کم کار

بازار پانے سودا چھے
کس بو ونے کیاہ

ہاژھا یہِ تھونے ژٔے تکنیارٕچ
موٗلچ کس چھ کیاہ پے

غفلتگ زنگار پردہ چھے
کس بو ونے کیاہ

در سکوٗت پنہاں روٗزتھ چھے
گفتار چھے بے قرار

حساب تتہِ میہ دانہ دلنہٕ چھے
کس بو ونے کیاہ

وُنُن چھُنہ نوٗن بُنُن گدرُن | اثباتس اقرار
خلوت روٗزِتھ شیشہ لرِ چھُمے | کس بو ونے کیاہ
رازس مہرازس وچھتو | چابُک چھُس گُلمار
لتہٕ مونجہِ کرٕتھ جمع کوٗرنمے | کس بو ونے کیاہ
تعویز گنٛڈتھ کلمے حق پرِتھ | سرہ کرُن مندر
خوش کیاہ چھُمے لتس سروٗد لیٚۓ | کس بو ونے کیاہ
بے در بہتھ چھُمے پیر گرُدک | سپرن کوٗرُن آشکار
ننہِ وانہ بو بیگانہ بنے | کس بو ونے کیاہ
شرعچ گرِتھ چھم زنجیر حلقس | بے داب وایان شرآکھ
در طریقت چھُم مجنوٗن لیٚۓ | کس بو ونے کیاہ
نارِ عشقنہٕ مےٚ زولنم بدن | ہمہ تمہ وولنس بو
رجیدؔ روٗشتھ پانس چھُپے | کس بو ونے کیاہ

22.10.1970

دخترِ رجیدہ گُل نوازہ پارۂ دل پار پار کر چلی

امرِ رب در ندامت ترک سنت میں چلی

| | |
|---|---|
| یار چُھم پننہٕ مکانے | لا مکانے اللہ ہو |
| ئُندہ بوئے کیاہ زیبانے | لا مکانے اللہ ہو |
| رنگہ رنگہ سودا گارے | پائز پانس خریدار |
| زالہ لگِو ئکتی گۓ دیوانے | لا مکانے اللہ ہو |
| ییمی سودا کوٚر ژٕ ئستی | داۄ جگرٕ کر گۓ تمے گلِتھ |
| بار تمہٕ کے پشیمانے | لا مکانے اللہ ہو |
| آیہ عاقل درایہ بیگانے | چاۄنی حُسنن کری پشیمان |
| پانہ تھزرس چُھکھ تابانے | لا مکانے اللہ ہو |
| یار مدہوش بے ہوش گۓ ئکتی | کم مجنوٗن جنگل گھتی |
| ذکر و فِکرن منز حارانے | لا مکانے اللہ ہو |
| پانہ ساقی بأگران چُھے موے | گُفتار کُے نے رفتار |
| دم کوٚرنم درِ مے خانے | لا مکانے اللہ ہو |
| رنۍ پانو کم بندرِ چھےٚ | ننبدرٕ موتس میٚل چُھے نو |
| کمہٕ باپتھ کوہ شبانے | لا مکانے اللہ ہو |
| چاۄنی بجرن مے کوٚر اشارے | شُری پانے گوس بے قرار |
| رجید چُھے دیالگام بہانے | لا مکانے اللہ ہو |

18.02.1971



اٗمی کلہ والن مس کھاسی بٔرۍنم — خوٗن جگر زولنم

بے دردِ نردس ساتہ ساتہ گیوٗ ندنم — خوٗن جگر زولنم

رنگہ رنگہ ہنگہ منگہ کھھر بن کھولنس — کوٗرنس رسوائے عام

پامال گٔرتھی خاکس وولنس — سرِ راہ ترأوِتھ گوم

انہار سیاہ مار ژھایہ پان کھوٹنم — خوٗن جگر زولنم

جامن لیوٗکھنم پامو ءستی — تھوٗونم داغِ غولام

پارہ ترأوِتھ مےٗ پارٕ پارٕ کوٗرنم — خوٗن جگر زولنم

ارہ سرِ میأنی تس کیا چھے خنجر — وأنیم تیز گٔرتل

ونجن اقرب نشہِ پان ہوونم — خوٗن جگر زولنم

بازار پننے کوٗرنس بہ شکار — تیٖر باز کیا اللہ

اللہ زاٗنتھ ہو ویپروونم — خوٗن جگر زولنم

پادن تہنزی نی چھم لادن — چھُے پژان سبدن سادن

نارے عشقنہِ نے شرپراونم — خوٗن جگر زولنم

آب جوے چشمن خوٗن دل مےٗ — روے کمہِ چھُم ڈُچھن

موین موین حساب گونڈنم — خوٗن جگر زولنم

بہتھ اند گن بند بند ژہلیوٗم | پھلیوٗ مے شش جہات
ممات اندرے حیات پر ہزنووُم | خوٗن جگر زولنم
گنہ ڈشہٕ گنجس ، گنہ پوزاپے | گنہ کوٗرمس مےٚ طواف
ش روین کیاط بند کوٗرنم | خوٗن جگر زولنم
کیاہ ونہ رجید در پردہ گس چھم | گاشس پتہٕ لاران
صاحب لاچار بیدار کوٗرنم | خوٗن جگر زولنم

23.05.1971

تنہٕ سنہٕ گوم روپہ بدٕنس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
ژھبن گوم نو زانہہ ودنس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
واوٕ گرأے ژٕج گل انارس | ہرِتھ پیوٗو میٚہ لوکچار
ہردہ تاون ززُر ونس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
مأرمتی تہندی کھوٗلس دارس | تُنہِ وانے گندنم زار
تنہٕ آندری بہ سوروونس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
ازلہ انفاس میوٗل ستی چرخس | پن کھولنم لوچ تار
گرِ گرِ تمی پرار نوونس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس

موٗیہِ موٗیہِ آویز تھوونس | آہ آہس لوگنس شکار
ژھلہِ ژھلہِ تمہٕ نشہِ رووُنس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
گاہ کھوٗلنس پٹھ تختس | گاہ پشرُنس قصابس
تِکہ تِکہ ماز سیکس کھوٗلنس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس
گٔرتھ حاٗران مٔنز حارانس | اٗنِتہٕ روٗستِس کتہٕ پرارس
رجیٖد بند گوس زولانس | ینہٕ اقرار کوٗرم مدنس

06.11.1972

ینے رووم نگارا | ونے کس ستم گارا
زیوہ بند ہو کارا | ونے کس ستم گارا
مےٚ عشقُن اول پوٗرُم | چُھ دزٕوٗن کیاہ پھُکارا
لتہٕ مونجہ چھُس غیارا | ونے کس ستم گارا
نِشے اٗستھ کھُٹشے مےٚ | اللہ پوٗرنم دُبارا
نبٕگل زیو آتشی را | ونے کس ستم گارا
اول معرفتھ اٗچھو ڈیونٹھ | رگن تمہ گےٚ امارا
شریعت چھُے حصارا | ونے کس ستم گارا

گلے کس کرِ بہ کُس چھس — مے تمی سُند اکھ اشارا

بہ گٲلی گٲلی شرمسارا — ونے کس ستم گارا

چھُ میلتھ راز ہے راز — پھلیۂ آمُت بہارا

ذرس منز آشکارا — ونے کس ستم گارا

وتن گوم ماز لٲرتھ — کتھن گوس آشکارا

وُچھتھ عشقُن غُبارا — ونے کس ستم گارا

بہ محرم آدِ نے چھُس — چھُ آدم بر دارا

قضا این دم دمے را — ونے کس ستم گارا

تُلان گاہ پردہ رویس — چھُ ابرِ سیاہ مارا

گہے در دس خنجر را — ونے کس ستم گارا

چھُ عشقۂ کوندِ کیاہ راہ — کوٚرن خامس میٚہ پوختاہ

رجید دیالہ گٲمی ہوشیارا — ونے کس ستم گارا

30.07.1971



أمی یأری گُرنم زورا وأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

عشقۂنہ ناوِ چُھم واو ژوپأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

ہنگہ منگہ گُرنم طومار دأری
رنگہ رنگہ قول و قرأری یے

ہو ءِستی گُرن سودا گأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

أُلفن گُنڈی نم درو دیوأری
سوزمس پیالہ بردأری یے

نفس امارس چابک سوأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

عشقہ دُکانس چھم خریدأری
سپکس ماز لأری لأری یے

خوُنگ فوار پھلیاہ جأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

لیل و نہارس چھم بے قرأری
سدرس ڈۂنگل تاری یے

امہ جایہ سألکن چھم دمدأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

سوٗ ہم سوٗ چُھم تتہِ سوأری
جامِ حیات دأری دأری یے

مرنس تمہ شایہ چھنہ انوأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

سوزچہ ذکرے رگہ چأری چأری
خاموش وحشی سأری یے

رجیدس گومُت جنوٗن جأری
گُنزس لگس پأری پأری یے

10.12.1971



وُچھم مےٚ جلوٕ جانانہ اِمشب    گیٚم مےٚ پوٗر از ارمانہ اِمشب

صدا بوٗزِتھ فِدا زو جان کوٗرمس    مُدا آے زندگی شولان اِمشب

پھٚلِتھ گُل آیہِ باغس مُشک ہر سو    وُچھن عندلیب تہٕ غزلخوان اِمشب

وچھم تس حوٗرِ آندی آندی نوٗرہ مشعل    پر بزٕلان گُلروخ تِٔند تابان اِمشب

گژِن منز نورہ کی فوارہ وُوشلان    وُچھتھ حوٗرن چھ دل منٛدٕ چھان اِمشب

مےٚ لاٰیم وحدتس منز تھاہ تہٕ ڈیوٗنٹھم    رجیدس منز تِٔند نورانہ اِمشب

06.05.1973

وِسی بالہِ یارن ینہ روے کھوٗٹم    تنہ چُھس پریشان

نالس ترٕ دِتھ دامانہ ژوٗٹم    تنہ چُھس پریشان

صنم خانس پوزایہ ژاپاس    شاہ ڈیوٗنٹھم تختس

نفی تہٕ اثبات تتھ جایہ موٗٹھم    تنہ چُھس پریشان

دل زوٗلنم آمی مدن وارن    گُل ژالہِ لاٰجنس بو

شلہِ پٔدٕ مانہِ ژٕمی سپنہ ژوٗٹم    تنہ چُھس پریشان

زار پار کوٗر مے تس رازدارس    کارس اتم شوٗب

کینہ ہتہِ رٹھم سپنہ مےٚ پھوٗٹم    تنہ چُھس پریشان

ژھنڈتھ آسے نیری نے | کوہ تے بیابان

تنہا بہتھ کوٗنجے روٗٹم | تنہ چُھس پریشان

عریان غاٗرن منز گوس رُسوا | پامن تھوٗتھم جاے

کامن گتھِ کرم دل پھوٗٹم | تنہ چُھس پریشان

رجیدس نظرن تل عرش | فرش تۂ اسمان زمین

کوہ طوٗر پانس رخش روٗٹم | تنہ چُھس پریشان

03.03.1973

الله الله ظہوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

سرہ کر گرٕ چھے طوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

علم الیقین پر پوٗر | سرہ کرنُے چُھے نوٗر

عین الیقین سر پوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

ژُوندرس ہٕر دِو پوٗر | کبابہ ان پوٗر پوٗر

ڈزی ڈزی یِوان سروٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

خوٗدی ٹُل پانہ ویوٗر | رِند سپدن مخموٗر

مجنوٗن چُھ ملان سوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

لاٗگی یمی سونہٕ کنہ دوٗر | من تس چنچ حوٗر
ون گھسہ بہیاہ دوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر
جبروٗت سرہ کر ضروٗر | تاملکوٗت پکھ پوٗر
سلطان چھُے مشہوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر
گربزٕ وٕنی اسد بھر پوٗر | تس چھا جنگل دوٗر
رجیدہ منزِل پوٗر | ذر تمہِ نِش چھنہٕ دوٗر

07.09.1973

چووتس عشقہٕ شراب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
بت خانہ چھاو محراب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
مس گوٗس گرٖتھم طناب | رسہٕ رسہٕ پیوٗس دو ناب
آبس چھا ژھنہٕ آب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
ییٚلہ میٚہ ترووتھمَ ڤراب | پٹھ تالہٕ گونڈتھم کاب
ضربن تہٕ چھا کینٛہہ حساب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
منز ظُلماتُ کر تاب | للہٕ دُن گرٹھِ سیم آب
من کلہٕ چھُم تی عذاب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب

بوونم گُنت ٹُراب | ڈیڈن ڈیڈ ماہتاب
ڈیڈ از ڈیڈ آنجنابؐ | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
لوٗلس لوٗگ مضراب | ڈینس کوٗرنم جواب
ہینہٕ آس درد و لاب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
گرٛٹھتھ پیوٚس بے آب و تاب | حُسنس گوناہ تے ثواب
پرٛہ گُلہِ کوٗرنم آب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب
عُشقس تہِ گوڈٕ سیلاب | چُھلہِ چُھلہِ پیوان شباب
رجیدہ شرٛعک داب | کیاہ دِمہٕ ویسی یے جواب

11.09.1973

ہو ہو واصلِ کار | سر سوٕے شمشیر دار
گُنزس چُھ ہوٗ ہوٗ کار | سر سوٕے شمشیر دار
مٹہ یکہ اُکی ہیوٚت دار | پردن کران تار تار
مشہِ تس لیل و نہار | سر سوٕے شمشیر دار
پلنہٕ ماز افطار | عرفان سپدن یار
آسِر پھول سمسار | سر سوٕے شمشیر دار
لا چُھ گوڈٕ بازار | الا اللہ سودا ژھار
خاموش روٗز خبردار | سر سوٕے شمشیر دار

ہوٗ چھُ ننبگل یک بار    ترٹیشہ کنہٖ زہرچ کھار
سرہ کر ڑیٔے مُلکھ دار    سر سوے شمشیر دار
گوڈہ ژال شرغک بار    پیشِ مُرشد ہلم دار
نفسک گلمار مار    سر سوے شمشیر دار
پانس رِگند پانہ زار    آرام ترآو یکبار
سبقس گڑھ خبردار    سر سوے تمشیر دار
رجید ؤنہِ کم زار    رووُمت چُھ لتس لوکچار
کُس بنہِ تُمی سُند یار    سر سوے شمشیر دار

15.09.1993

یُس چُھ پنُن سے چُھ گیلن    ہٲے لتیٔ یے
ذرہ ذر میٔہ زہر تیلن    ہٲے لتیٔ یے
مُنزی بازر بال کڈنس    ختہٖ گُرتھ ژول
فند گُرِتھ بند بند کھیلن    ہٲے لتیٔ یے
روپہ بدنس ززُر ژامو    ہرُد پھرٔتھ گوم
پان چھاوان پلن شیلن    ہٲے لتیٔ یے
دِتھ جوش عِشقُن نارہ شُندرس    وارٕ کارِنہٖ آس
دِتھ رندہ موژیوس کاُفر کریلن    ہٲے لتیٔ یے

اَلِف انہار میم سجدس    دآیِما تی بوٗز
رُمہ رُمہ حرم رُمہ راوان    ہآے لتی یے
دم پوختہ یارن زار گِندیوٚم    ہارِ گنز راوبن
سوداے ہا ہوٗ گُل پھوٗلن    ہآے لتی یے
عشقنہ مُشکہ لا چُھ ہر بار    الا اللہ
قالو بلیٰ اقرار جیٚلن    ہآے لتی یے
خود چُھ خود دار یار میوٗنے    تھوٗنس داغدار
رجیدؔ تن دار داریگلن    ہآے لتی یے

25.09.1973

گٕمی بو لوٗگُس گٕمنے نیاین    راین مٔنز روٗدُم دوہ رات
وایان وایان ژھکتھ پیوٚس    باقی ڈیٚنٹھم گُنی اکھ ذات
ژھنتھ پھٕلتھ چھُس نالہ دِوان    مٔشِم ارمان در نصف رات
زیوِ ہُند گجر ربشرح لی    وُچھان گوس آب ظُلمات
موسیٰؑ عیسیٰؑ پانہ میٚے ڈیٚنٹھم    لباس بیوٚن بیوٚن نفی اثبات
کیاہ بہ ونے کیاہ چُھم ونہ نُے    ہٲنکل حلقس شرعِچ قرآت
اوٚسُس الگٕے پنہاں روٗزِتھ    گٕنڈِتھ عمامہ گوس شش جہات
تھرِ تھرِ ستی تھٔر گیہ پھولتھ    رجیدہؔ سجدس محو حیات

پرٛژھاو میٚہ لالہ زارن یار کوٚت گوم
دِلُک سوکھ سُے شِلُک دلدار کوٚت گوم

دِژاس وُنی میٚہ صحراون تۂ پتھ ون
بُچھتھ ترٲوتھ ژۄلُم شہمار کوٚت گوم

کران پوزا بہ چھُس گل نار رۄیس
طوافس منز صنم انہار کوٚت گوم

پرزلۂ وُن روے چھُس ماہ تاب رۄیس
زووَس سن دِتھ ژۄلُم انہار کوٚت گوم

چھُ نامی عالمس منز جانِ عالم
بہ ہاران خوٗنِ دل خونخوار کوٚت گوم

مےٚ دوپنم نحن اقرب پرٛۂ تۂ پوٚلُم
شہنشاہ تاج سر عطار کوٚت گوم

قصابن دل گنڈِتھ تھووم قولابس
پرُتھ تکبیر در بازار کوٚت گوم

وظیفہ خوان در مسجِد میٚے ڈیوٹھم
رجیدن روٹ مندر بر دار کوٚت گوم



روٗدُکھ عشقس لور     احمد بٔنتھ آکھ یور
احدس چھُ میٚمُک پور     احمد بٔنتھ آکھ یور
گُس ہِنہ تھووتھ بور     گُس ہِنہ تتھ کتھِ تور
غافل ولتہٕ کتہٕ تور     احمد بٔنتھ آکھ یور
تٚیلہ نو اوس کینٛہہ یوٚر     ییٚلہ ژٕ دِینتھم ٹور
خاکس پاک ستھ پور     احمد بٔنتھ آکھ یور
اولے چھُکھ سر زور     وِزِ وِزِ چھُے میوٚن دور
چرخس لُدُتھ ارخور     احمد بٔنتھ آکھ یور
آدم کتہِ پٹھ کور     لوٚگتھس زالہِ زن مور
کوتاہ میٚہ تتہِ اوش ہور     احمد بٔنتھ آکھ یور
ناحقٕ بہٕ لوٚگُس کور     یُس زانہِ سُے ولتہِ تور
شاہس چھکھ شاہ زور     احمد بٔنتھ آکھ یور
آبس کھالہِ گُس پور     آو ییٚتہ تتہ ووٚت تور
رجیدہ گرٛھتھ روز یور     احمد بٔنتھ آکھ یور

12.12.1973



عشقہ پیمانن وولنم نال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

رازٕ ہوٗنز بند گوس اندر زال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

زُلفو تلہٕ ییٚلہ نوٚن گو خال — زأ جنس لولہٕ نارٕ پوشے مال

تارِ ضربن گوٚر الفس دال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

ترأو بوش پوشہِ نوٚلہٕ زیوِ ستیٚ تال — دم باش پوشہ پان مدٕ ژٕ وال

چشمہ سُرمہ لأگ دزٕوُن حال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

در ظلمات اُژ سرٕ کر لال — نارس نوٗرس سٕپدی وصال

قالس حأرتھ اژ در حال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

محیطکہِ شورٕ وٚس تل پاتال — ستہٕ وِنی جامن گُن کر نال

دم پوختہ رجیدٚ بن مالامال — سروے قدٕ نئے زأ جنم تال

10.12.1973



دردہ نارن ژُل محشری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
پان ڈُودمو نبرٕ اندری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
گٔرِتھ گومو کم پِندری یے | سور نوونس لولہٕ سوندری یے
پامہٕ دِژ نم ژٕمی گٔری گٔری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
غمزٕ ہاٰونم بوتہِ کیاہ گٔری یے | بند کوٗرنس جاناوار
نال ڈٕلتھ زن اژدھری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
ہوش نیوٗنم آمی من ٹٔری یے | دینہ ڈولنس آمی گوندری یے
زُنارس لوگنم ژٔری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
نیزہ لاٰینم آمی سونہ ژری یے | ریزہ کری نم ریزز لی یے
زانہٕ کُس اکھ میاٰنی اٰرٕسری یے | زولنسے ہائے سوندری یے
دِتھ سودا سودا گری یے | ہوٗبھم زُو مولہٕ پرٕتھ سودا
زندہ پانے رجیؔد مٔری یے | زولنسے ہائے سوندری یے

25.03.1974

اسمِ رجید در مزار کنندہ سنگ بانواز

اب مرے کیا خود نوشتہ امرِ رب بے نیاز



پٔرِ پٔری گٔیم سیپارہ ہو ہو | بمن وولہ نگارہ لولو
راہ کیاہ کھوتُم کوٚرتھم جودو | سبِدس سادس آہسم سادھو
زاٰگتھ نیوٗتھم پران ہو ہو | بمن وولہ نگارہ لولو
پوٚنپری شمعس دِتمے ژھوہ | پھُلہ وٗن شراوٗن کوٚرتھم پوہ
منقلہِ زیوِ بُز نار ہو ہو | بمن وولہ نگارہ لولو
توٚندرس منٛز یوٚد زالکھ پان | نفی اثبات سٕپدی فان
اٗلفس تہٕ میٖمس کُن آکار ہو ہو | بمن وولہ نگارہ لولو
سرٕ کر رِندن ہُند ہو کار | تتہٕ نہ چُھ رفتار نے گُفتار
رجیدہ زندہ تمہِ امارہ ہو ہو | بمن وولہ نگارہ لولو

14.07.1974

دگ ئٔس رگہِ رگہِ جُدای ہٕستی
سُے زانہِ کرتچھر زِ خدای ہستی

01.05.2004



دل مێہ نیوٗنم یارن گِلوتھ        مِلوِتھ کس ۂستی گوم
ونہ کس سُہ گوم اڑ وتہِ ترآوتھ        مِلوِتھ کس ۂستی گوم
لالس ملالے کیاہ گوٚو میوٗنے        بیٚہ نا مےٚ لال بازار
ژھاران روڈُس تھوونس پلوِتھ        مِلوِتھ کس ۂستی گوم
شبابہ عمرے دارس کھولنس        سرِ راہ ترآوتھ گوم
ۂر سیلابے سُلہ گوم سُکھرِتھ        مِلوِتھ کس ۂستی گوم
کمنی جنگلن رام گوم نیٔرتھ        پھیٔرتھ سُہ کونے آم
کاٰفر تھوونس لرِ بو ساٰوِتھ        مِلوِتھ کس ۂستی گوم
اٰمی گوساٰئنی تنہا کوٚرنس        زاٰ گتھ در صحراو
خونے میانے پاٰراو گٔرِتھ        مِلوِتھ کتھ ۂستی گوم
یندرازِ دربارِ گتھ تٔمی گٔرنم        رِگہِ رِگہِ بٔرِتھ سیم آب
گرٛشھ گرٛشھ ۂستی پن گوم پھٔلوِتھ        مِلوِتھ کتھ ۂستی گوم
زنجیر ترآوتھ نے روزے وزان        مےٚ دوپنم ہے جواب
رجیٖد چاٰئنی ارمان پھٔلوِتھ        مِلوِتھ کتھ ۂستی گوم



گُس آسہِ ژٕ ہیوٗ و عیار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

کوٗل گوس پیوٗس لاچار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

ڈُسہِ منز چُھم سرِ یار ۔۔۔ لُج مےٗ اَشہ ہے دار

درباغ ءکتی انہار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

پانے چُھکھ مُلکھ دار ۔۔۔ ذر ذر چُھے آشکار

روزِ روشن اظہار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

ازلس چُھکھ انہار ۔۔۔ ابدس تاٗنی ہِلرٕار

گیہ بندٕ گاہ مختار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

شاہ پرس ءتی لیس کار ۔۔۔ زانہٕ تی سوے شہہ سوار

تتہٕ ڈُسی پیوان گُفتار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

چرخس لوٗ دُتھ گاٹہٕ جار ۔۔۔ تتہِ زاٗو مجنوٗن یار

دوٗن میٗل چُھے دُشوار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نارٕ

اَلفگ مانے ژار ۔۔۔ سپر گنج چُھے اسرار

میمس چُھے دل نثار ۔۔۔ رِندٕ پانہ زٕو لتھس نار

| | |
|---|---|
| وجوٗدٕ کہِ بازار | عاشقو تتی لوٚب تار |
| دُوني چھُے خریدار | رِندٕ پانہ زوٚلتھس نار |
| گوڈٕ تھاو دل ہوشیار | ادہ پرٕزناوُن یار |
| اللہ ونے ہوٗ کار | رِندٕ پانہ زوٚلتھس نار |
| اللہ ہو اذکار | زیو تالہٕ ہے پرکار |
| رجید رٔٹتھ چھُے غار | رِندٕ پانہ زوٚلتھس نار |

20.01.1975

زمانہ کربلا یٔدوے بارِ ریشت ذرٔہ قران

بے خبر درسِ دینو چھلان چھُے تم عاشہ سان



سبٹھاہ یَژ کاٹی سنٛخم یارِ جانان

مےٚ گٔرمس گرأو چھکھ کتھ شاپہٕ آسان

مےٚ دوپمس ازلہٕ گےٚ یارانہ یارن

دوپُن تتہٕ گےٚ بہ چُھس ییتہٕ چھکھ ژٕ آسان

میٚہ دوپُمس کوٗہ مےٚ چُھکھ ہتہٕ نے ژٕ زاگان

دوپُن سپدن چُھ ییٚتہٕ تی تتہٕ چُھ سپدان

میٚہ دوپمس دوٗرِ روٗزِتھ کیاہ چُھ نیران

دوپن بےٚ دور بےٚ نزدیکھ آسان

میٚہ دوپمس کیاز لوٗگُتھ سینہ غأرن

دوپُن دود آب چُھس بیوٗن بیوٗن بہ کڑان

میٚہ دوپمس غأرنے منز کتہِ ژٕ آسان

دوپُن چُھس پوشہٕ وٕنس ہوش ڈالان

میٚہ دوپمس پوشہ وُن کتھ سنا ونان

دوپُن یِم حالہ پننے چھِ حأران

مےٚ یہ دوپمس پان پربزنتھ کیاہ چھ ننان

دوٗپُن چھےٚ اَلفہ بازر میم شوٗبان

مےٚ یہ دوپمس تمہِ گژھتھ کتہِ چھس بہ حأران

دوٗپُن جبروٗتہ سےٚ گژھ کأم ہیوان

مےٚ یہ دوپمس کیازِ چھکھ مجنوٗن لاگان

دوٗپُن غأرن منز چھس روپوش روزان

مےٚ یہ دوپمس میأنی نالے کوٚہ ژٕ کھران

دوٗپُن تمہِ شایہ بےٚ چھس اوٚل پیران

مےٚ یہ دوپمس آشہ کوٚہ چھم فاش گژھان

دوٗپُن توہ چھےٚ ژٕ حلقس مُہر شوٗبان

مےٚ یہ دوپمس کیاہ ژٕ چھےٚ مےٚ یہ نشہِ نیران

دوٗپُن چھس ژھایہ ژھایےٚ زوٗنہ ڈِگندان

مےٚ یہ دوپمس زوٗنہِ کتہِ میأنی حال عیان

دوٗپُن چھی خوٗنہ نامے لس نِش واتان

مےٚ یہ دوپمس کونہِ زانٛہہ مےٚ چھکھ ژٕ سنان

دوپن دن کیاہ رجیدہ روزِ یاد تھاوان

15.11.1970

روزِ ازلن چُھم اچھر ہلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

کھوٚژس پانس گُس ہیم ملی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

ولنہٕ آیم تہر وٗوز ملی یے
ترٹھ خاموش ژھالنی میٚہ ژالنی یے

ڈٕزِتھ موژیوس یم سوٚز پھلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

پانہٕ میانیو گُس چُھکھ ئکی یے
دکہ زد پیوٚمُت پریشان

یٚیمہِ بازر گٔے طوطہ گلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

منز صحراو چھم پاژہٕ لیے
واوہ گراین چُھم لوٚگمُت پان

چاژنی آلون کوٚرُس گانگلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

کمہِ رایہ سنگدل ہیم ملی یے
سونتہٕ شینس چھم تاپھ گلان

ژلریو یٔری یم زال ڈلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

گمی اکی وڈن ڈیت جنگلی یے
بُچھنہِ آیم یم صرفہٕ کونکل

منز غارس گیم کھل بلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

ناگی زولانہ تروٗم ہانزلی یے
پٔنجرٕ ہے منز بند جاناوار

داغ جگرس چھم میٚہ کربلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

رٲونس منز رووٗس ژھلی یے
چھند ریومُت پیومُت ارزان

ولتہٕ رجیدؔ خلوتس ڈلی یے
کوٚہ زایؤس کوٚہ لوٚگُس ژھلی یے

30.03.1981



دِلبرن دل زوٗلنم کوٗرنس فرار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

جلوتس منز گوم اظہار پُر خمار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

نالہٕ دِتم جامہ کرِم تار تار — غمزہ تُمی سِندی تیز کرتل آر پار

پانہ پنہاں عالمین تس. محوِ کار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

سینہٕ ژوٗٹنم چشمہ سپزم آبشار — چشمہ آہوٗ تیز خنجر نوکدار

زاہدن رِنش چُھس بہ مجنوٗن عاٗبدار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

دیندارن زالہ لوٗگنس شرع بار — رندٕ خصلتھ خلوتس تھوٗونم قرار

عاٗبدن ہنز عبدیت چھے زاوِی جار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

ساٗلکن انہار ہاوان شیرٕ خوار — رند مے نوش صنم خانس خریدار

واٗصلن زندٕ مرحبا چھے مرگ زار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

بوشہِ حُسنکہٕ گُرن کم کم زیر بار — پہلوانن رمزہ اُکے گوٗو سوار

رجیدہ چُھے زنجیرن منز با وقار — دامہ دامے زہر ہے کرہ کیاہ شُمار

17.05.1971

یِمس سنز کران اَس سونبران مانزی

تِمس فنایے دُنیا پاٗلن. یِتھے چھا

عشقہٕ دأدِس دگ چھم نہ ہمن | یار موے چاوان کمن کمن
نار تیلان چھُم رُمن رُمن | یار موے چاوان کمن کمن
گُل دِوان وُنی ژھاران چھ گلن | دود ہجرُک چھُ للہٕ وان
زُلف ئج تے مأنز چھس نمن | یار موے چاوان کمن کمن
عاشق گاران چھُے عشقہٕ وتن | ئنڈی وتن ہٕندی پوش زانان
ہولہ شیران لولکی چمن | یار موے چاوان کمن کمن
یار زاگان دوہ دِش ہیتن | بار عشقُن چھُ نار شولان
خمہ پریڈان آہٕجہ بُمن | یار موے چاوان کمن کمن
جام چاوان چھُ کمن کمن | خام تتھ جایہ چھُ پریشان
ئتر بانن پوٗنی چھُم شمن | یار موے چاوان کمن کمن
حال میونُے گوٚے نا گوشن | چاک جامن چھُم گریبان
پوش آڈ پھلی گُلِ بادمن | یار موے چاوان کمن کمن
نے چھِ نالان جنگلن ونن | نردس گِندان گِندان راوان
کھے چھِ کاسان دلِ موصمن | یار موے چاوان کمن کمن
نزدیک آسِتھ چھیس مشن | دورِ روٗزِتھ چھم لُکھ گیلان
رجیدؔ متہٕ لأگتن لوٚکہ پامن | یار موے چاوان کمن کمن

23.02.1982

# باوٕ بے کس

بوترۄونس یارٕ نٮ۪ منز اضطرابس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

پھٹتھ آیم میٚہ زیو آم سینہ پھٹنس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

دل وجان ژتھ مے کۄرنم پارٕ جگرس
پییم وُزمل تہٕ کۄرنم سوٗر بدنس

چھِ لیچھٕ زندگی میأنی عشقہ واوس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

بہ لاگُن غاأرنے منز چھا رواتس
میٚہ پھولمُت سوٗر ژٕ لۄگمُت رس

چُھ لۄگمُت رازٕ ہأنز ازلہ زالس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

میٚہ جگرٕ کہ خوٗنہ سیتین نم رٔنگِم لتس
تہٕ اأشی چھے جوییہٕ ژتین کھور چھلی مس

قرار دِتم میٚہ اکھ برۄنز بے قرارس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

بہ عشقُنہٕ دادہ لۄگمُت در عذابس
زٕ زُرژامُت میٚہ برونٹھی چُھم شبابس

وزان چُھم سوزِ دل ازلے ربابس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

سبق عشقُن پۄرُم گرِیکھ لٔج حُبابس
صنم پھٹرِتھ اندر ژاسےٕ بہ کعبس

رجیدن وُچھ پٔنن پان ژنش نوابس
بٔنن گدُرن پٔنن کس باوے کس

08.03.1982

بیتاب چُھس عالیجناب
چھم چشمہ ژٕنجرٕ در عذاب
چشمن مێہ گوٗمُت چُھم سراب
ژٕ ے نِش بہ ہێتھ آسہٕ کِتاب
حأصل مێہ چھُمنہٕ کانٛہہ ثواب
در عأجزی چُھس آب آب
زأنِتھ گناہ چھِم بے حساب
تن و من پران چُھم یا وہاب
اظہار کرہ کیاہ چُھس زُباب
اندری وزان چُھم مێہ رباب
سأیِل بہ پێشِ بوترُ راب
دیدار دِم چُھم پیچ و تاب
چُھے روے ژٕ ے شوٗبان گُلاب
گٔمی ڈێنشہٕ نس اُونمُت چُھ تاب
چھوکھ عاشقن چُھے محراب
رجیٖد پھِر عشقٕنٕی کتاب

Due to serious illness of Sultan

تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
فکرو غمو کوٚر ہبس خراب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
تھر چھم یہے چُھس لاجواب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
روپوش روٗزِتھ کوٚہ چھکھ جناب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
بجرس ژٕ شوٗبان چُھے عقاب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
فلا تنھر شوٗبم جواب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
آہنہ گٹہِ کنہِ آفتاب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب
سوکھ روٗومُت چُھم اضطراب
تھوٚ دٕتُل نقاب ، تھوٚ دٕتُل نقاب

15.04.1982

# پد

ہمہ تمہٕ وولنس دلِ آزارن | وعدس چُھس پراران
تمہٕ تمہٕ ٲئمی شہر چاونوونس | کوٚرنم سپر آشکار
رسوا گٔرنس منز بازارس | پامن چھا کینٛہہ شُمار
غاٚرن منز میٚہ دل گوٚو زالان | تھوونم شِلس آمہ تاو
غمہٕ کہِ واوے گوٚو میہ گالان | زہرُک کوٚرُن چھُرٕ کاٮ۪و
پوشے بدن زول ہردٕ تاون | سوٚر گوم ارمانن
سوختہٕ گٔرنس ٲمی بے عارن | گولنس اسرارن
دارس کھولنس پانہ پوشہ باغن | لوٚگُن ہزار داستان
پرٲرُن تھوونس ٲمی رازہ ہوٚنزن | سونتہٕ شپنہ آس بو گلان
رجیٖد پُزِ گٔے راز ابساوان | گومُت مو پریشان
زہرچی تلخی تنہا شرٚ پراوان | وعدس چُھس پراران

26.07.1973

قید حیاتہٕ منز سُلہ عمرے ننہٕ آیہِ نوازہ

---

پسند حیات صف آرأ ایستادہ شہیدن



نیأے عشقُن کریؤٹھ ابساوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

غاأر زانس کیأہ سپر باوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

عرشہ ژھُزرٕے ژھارُن تہٕ گارُن — سینٕدِ تارٕچہ پان گژھِ تارُن

رٔنہٕ آرن منز پرزہ ناوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

حرفہٕ اکے فِکرِ میٚہ تورُن — دانہ دانے دانے ژورُن

ذکرِ ہتبن نفس ازماوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

ملکوُتہٕ منز جبروُت ژھارُن — سکوُت ئُری ئُری موختے تارُن

عرفانس منز پان ناوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

اُنہٕ وُچھتھ گہنہ میٚہ لاگُن — اُچھر والو مُقام میٔن

رجید معرفت گژھِ بأ گراوُن — مٹھٕ ئُری ئُری من مناوُن

22.06.1970

۴۴

دل زوٗلتھم مےٚ نارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

عشقہ سودا گارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

کوٚہ بیوٗٹھ ہسم دوٗرِ یارے
ترٛوپرِتھ لۓ تتہٕ دارے

سوٗر گوم چانہ امارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

نِشہ أستھ کتہٕ ژھارے
کھولتھس بہ عشقہ دارے

ترأوِتھ مےٚیہ کوٚہ پھندارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

بند گوس جاناوارے
پھل داوٕ بے سہارے

تنہٕ تنہٕ مےٚیہ درایہ تارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

غمہٕ چانہِ چھُس بمارے
جِگرس گومُت پارے

کوتاہ مےٚیہ چھُم امارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

سینس گیُم سِپارے
خرمن کوٚرُم طوٗ مارے

رجیٖد کر ژھوپہ وارے
کتہِ ژالے بار ویسی یے

22.06.1977



چاٗنی لولن کربم کھنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے
دل چھم نہ روزان ڈنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے
مُژ رِتھ بہ سپنہ ہاوے — پی گدریوٗم تی باوے
سِتمن بہ کیاہ کھولہ گنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے
چُھندریت کریٚونز بو گو سےٖ — ہیندریوٗمُت دوٗر پیوٗ سےٖ
چُھس بہ ژالان واٖو ژٖنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے
درہ چُھس بوٗ لوگمُت کر ییٚے — شوقہ دِلاسہ کر دیے
گومُت بہ چُھس لنجٕہ لنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے
ژام ہے زٖژُر لنجہ ببرے — زانٚہہ نا آہم خبرے
رجیدٓس ووت رنجے — ہہتھ دما میانہ پینجے

01.03.1981

ہیمالہ ناٗ گی راے چُھم سفر پاون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

وِزِ وِزِ کوہ چُھم ٹلی آزماون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

ہتھ گری گری چُھم مولہ مُڑ راون — وانن منز چھس تھان ڈولان

فرہادس پیوٚ و اڈِ وُتہِ تاون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

ازلے ویسی پے لوگنس پامن — صبحن تہِ شامن چُھم دُشمن

جامن وِزِ وِزِ چُھم چاک دیاون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

گہہ کھاٗ جنس گہہ واٗ جنس بالن — اندری توٚندرس لاٗ جنس بال

گوٗلنس معصوٗم شرعکی باون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

تروٗ ونس تہِ تھوٗ ونس خلوت خانن — مےٚ آستانن کوٚر ورتاو

دشہِ میہ گنجایس لوگنس داون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

ہنہِ ہنہ ویسی پے چُھم چُھند راون — خاموش کوٚرنس اثباتن

رجیدس دل کلمہ پرناون — پرہ ہندی سپر للہ ناون چُھس

12.12.1973

چاٗنس دیس منز بہ پردیسی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
مخلوق یزادان من ندانستی | یتہٕ اویسی کرُ میون پاٮ۪ے
پوان در دست چھمنہٕ کانٛہہ ہستی | ہولہ ہستی منز چُھم لولہ نیاٮ۪ے
سر ترٲوِتھ چُھس بو در نیستی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
دور تے نزدیک چُھکھ ژٕ مجازی | جسبدی ترٲوتھ بے سرو پاٮ۪ے
صوٗرتن منز چاٗنی انہار ہستی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
یتھ سرٲے منز آیہ کم کم ہستی | کمہ شایہ ولہِ مےٚ چاٗنی ماٮ۪ے
دردکی تھاوے بُرٕ بُری کھاسی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
قیلس یتہٕ قالس حال کر حالی | رچھوِنہ یارو کاٗستم ژھاٮ۪ے
نشانہ چانہ یُد گاش میٚہ لاسی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
خلوت کدس منز جلوت باسی | ورتاو کمہ کمہ انٛدٕ میون نیاٮ۪ے
بے گانہ بازر چُھم میٚہ ذرذرسی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے
معرفت مے کے بُرٕ میٚہ کھاٗسی | یتہٕ دِتہٕ درشُن شہرمےٚ جاٮ۪ے
دوربر رجیدس نتہٕ کتہِ باسی | یتہٕ اویسی کر میون پاٮ۪ے

01.03.1982



عشقُن اونس ییٚلہ در اظہار
اَشہ ہتی چھولنس بہ تے

وسہِ منز گُستام سپر ہنی رووُنم
دُیتنم دٕہ روس جلاو

دِلس تتہٕ گُلس تھف میٚہ گٔرنم
آہ کرٕنس تھوونم نہ وار

اَندری اَندری زن شیٖن گۆلنس
حلقس وولنم گُلمار

پھٔنبے گرٕ لٔرٕ لٔرٕ زولنس
سوختے کۆرنس از کار

دمہٕ کے زورے دما توٚلنس
دمس دیُتنم پھُکار

گاہے ڈیونٹھٕ خود ییٚمہ شئے
گاہے عرش بالا

تتہٕ نس وُچھِ پھاہ دُیتنم پانے
زآلتھ گوم عیار

پانے لُدنس لۆگنم پرٕ کال
پانے دُتنم قرار

مخلوٗق پٔادہ گرن لازوالی
رجیدہ روٗز ہوشیار

05.10.1989



دلدار ۂندۍ پنہٕ دل چھم توشان | از یێہ سالس یارِ جانان
چشمہٕ ڈٕتھرِتھ چھُس برتل پراران | از یێہ سالس یارِ جانان
اٗشہ ولنہِ ۂتبن وتہِ لوتھ گاران | کھسہٕ ڈٕن گل لالہ ژھالہ ماران
حوٗرہ جلتچہِ چھس وتہِ ونوان | از یێہ سالس یارِ جانان
ملکو گونڈمُت چھ نورُک سائیبان | رنگہ رنگہ بیرنگ رنگ پرزلان
سورہ اخلاص وردِ ہو ہو ارزان | از یێہ سالس یارِ جانان
کوٗکلہِ تہٕ کستوٗرۍ ہو ہو پران | پاٗز چھُے تھدِ تھدِ چنگ وایان
نے نیہ ۂتی نے نے چھ وزان | از یێہ سالس یارِ جانان
طوطہ شوخہ کلام لنجہ لنجہ نیمران | عاشقن وُجدُک طعنہ دِوان
سرٕو چھُ سرخم اٗچھ پوٗش سونبران | از یێہ سالس یارِ جانان
سوزِ دل عاشقن رُم رُم چھُے وزان | تارِ دل سائلکن سلوٗک وزان
رندٕ نادم رجید چھُے اوش ہاران | از یێہ سالس یارِ جانان

12.08.1970



حده روس یارس کوٗرُم زار پار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

پادن کوٗر مس سر مےٚ نثار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

دوٗد میوٗنُے بدن گوس آوار — للہٕ وُن اندری چُھم ٹُلہ نار

سنگلاخ دل چُھس کوٗت بے عار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

طواف کوٗرمس کھولنس بر دار — رووُدُم نہ پانس کانْہہ اختیار

سجدس منز میٚہ نیوٗنم قرار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

سپنہ دوٗر تپرن خونس لُج دار — کائفرس کر چُھم کانْہہ انکار

یارانہ تس ئتی کر تلہ دار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

لالس چھم مالے بسیار — اللہ ہتہٕ ہوٗ ہوٗ چُھم اذکار

دل چُھم کعبہ تے چُھس بیدار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

بندہ بندہ کوٗرنس گونڈنم زُنار — جلالہ گۓ دُیتنم پھُکار

رجیدہ ونس ما چُھم وار — کونہٕ چُھس پِوان میون عار

10.05.1979



مُتے مُتۂ لاُگتم ڈاُنبل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

گیمِرش چھم ناُلی چاُنی ہانکل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

ژرے دُتھم روشہِ روشے دل | پھیرِتھ گوہم تۂ گُرتھم کل

مۓ گُرتھم ہا ادرے کھل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

سیدس سادس ژہ پیوٗکھ ہانژل | اسپر کوٗرتھس عجب چھے دل

شِلس میاُنس کوٗرُتھ چھل چھل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

جبینس کوہ ژرے کھٗ رُتھ بل | گُلس میوٗل ژرے مے چھم ہل چل

قرارس پیو ہم وُزل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

مۓ دُیتمے کن ژ پاین تل | ژرے سون سنگلاخ صدرہ بل

مے فرہادس ژ گوکھ دِتھ نل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

گُرِتھ وی برۂ گیس مسول | اشارے چانہ زیوہ گیہ پھل

ندا میاُنی پیم کرتل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

مے دُیتمے سر بکف ازل | ژ چھکھ مس مے گُیم گانگل

رجیدسٓ کیازِ کوٗرتھم ژھل | مو کر ژھل مہ مو کر ژھل

23.04.1979

## رجیدہ صابنہٖ لیچھمٕژ کتابہ اردوتہٕ کأشرِ زبأنی منٛز

۱۔ مناقب اولیااللہ مجموعہ ''نداۓمتکی آلو''

۲۔ مناقب فنائی الشیخ شہ (۶) حصہ

۳۔ کشمیری غزلیات زہ (۲) حصہ

۴۔ اردوغزلیات: زہ (۲) حصہ

۵۔ تحفہ فنائی الشیخ

## نثری کتابہ یم نہ چھپاوٕنہ آمژ چھے

۶۔ سوانح درویش وفقیر سلطان بدگامی (۱۹۷۰تا۱۹۹۹)

۷۔ تواریخ صحبت سلطان صأب

۸۔ ارشادات سُلہ صأب

۹۔ فقرکی بے رُخی (بعدوفات سلطان)

۱۰۔ واردات معتقدان کشمیر

۱۱۔ تقاضاے جدید یوحیدان مسلک

۱۲۔ حُجت علم اورزبان روٗح

۱۳۔ آہ مظلوٗم کشمیریاں

۱۴۔ توحید،تصوف تہٕ شاعری

نثری کتابو منٛز چھنہ وٕنہٕ کانٛہہ چھپاوٕنہٕ آمژ

اہل عالم زمانہ کرہن یم کتابہ ملاحظہ تہٕ لیکھن پٔنٕن تنقید

خداے رُب الجلیل گرِنی سون توبہ قبوٗل تہٕ یتھ ریشہ وارِ دِنٛن پنٕن حُکم اُنی ہُند اجازت۔ یتہٕ نہ کانٛہہ زوٗذات مارِ گڈھِ۔ اتفاق مِلت بُنٛہٕ غیر مُسلمن ہنٛد خاطرِ سایہ تہٕ توفیق انسأنیت۔ رُب دِنٛن اسہ حلال روزگارِ چ نوکری بشیر احمد وگے: (گریجویٹ 1995: گُل فاروق (گریجویٹ 1993) یتھ فقیری خانس یتہٕ سأنی پاکباش شیرازھ مہارینٛز قربان گُے سُپدِنی قبول یزداں آمین

یاسمین تہٕ شُبیہ (۱۶جولائی ۲۰۰۶)

چشمہ ویری ناگ میں پنہاں تھا دُر روح رواں     مدتوں کے بعد ظہور فقیر طریقت شیخ سلطان

جہلم کا منبع ویری ناگ (ورناگ) جس نے نہ تھمنے والے آبِ رواں کی طرح آج سے قبل تقریباً تیس سو برس اس خطۂ سرزمین ویری ناگ (ورناگ) کے پنڈت گھرانے عرف ذات کیش ول سے حاتم پنڈت ول جو مسلمان بن کر موضع بدسگام (کوکرناگ) میں سکونت پزیر ہوا تھا، جسکی نونسل کو آج تک کیشول سے بگڑ کر کاشر پکارا جاتا ہے کے پُشت در پُشت یعنی حاتم شیخ سے ان کا بیٹا احد اس سے ان کا بیٹا غفار ان سے انکا بیٹا سلسلہ جو، جو سلطان اُبھر کر ۱۹۰۷۔۱۹۹۰ء تک چشمہ فیض بن کر اور باطن میں ایک ستارہ درخشاں کے مانند جیتا رہا۔ یعنی جسکی روح جسد پہ غالب آئی اور آخر پر بدسگام میں ہی ارض ارم مدفون لی۔ انا للہ وانا الیہ راجعون

اُنکی ازدواجی زندگی درنکاح فاطہ دیدی صرف بارہ سال تک رہی تھی

ماہتاب شد طلوع از خانہ غفار شیخ۔ بعد حاصلے دو دختراں شُد صابر سلطان شیخ

دخترہ رخصت بتہ وارِ نیونم باہ محرمکہ شہید مہاراز ن

ژورِم اوس اگست سنہ گوہ شتھ نمتھ۔ اُبر چ ژھاے رُٹ ماہ تابن

اُنکی پوری زندگی میں سلطان کا ظاہری مرشد عزیز الدین صاحب ساکنہ آڑہ دہرنہ اور باطنی مرشد فقیر بابا رحیم المعروف رحیم صاحب بند، مدفون در موضع ناوا، نیوہ قاضی گنڈ کے نصیب رہے۔ فقیر طریقت سلطان کا واحد کلی جانشین انتخاب باطن جو رحیم اور سلطان کا سری قاصد رہا جسکی ہی آغوش میں سلطان نے آخری سانس لی، جسکی ازدواجی زندگی صرف پندراں سال ٹھہری ہے موضع پیٹھ دیالگام کے غلام محمد وگے المتخلص رجیدہ سلطانی ہے جو آج تک کی صدی کا ادائے کار سلطان کی عظمت کا ایک حیاتی گواہ کے ثابت و پابند ہے۔

| | |
|---|---|
| پیر رجید شیخ سلطان شُد نصیب از لا الہ | ہمچو خاکی بہ شیخ حمزہ شُد منیب از لا الہ |
| میانہ مکانہ لوگ چون ٹھکانے | پر تھاول چھاپوژ ہرانے |
| رجیدہ وعدہ چُھ یاد پاوانے | کمہ باپتھ گس دِ پہ بے گانے |
| ژھنڈِتھ آس نیر پتھ ون کوہ بیابان | بہتھ یتہ کونجہ رو تم سینہ ژونم |
| رجیدس عرشہ نظرے فرش تھوونم | رخش بر طور رو تم سینہ ژونم |
| چُھس بہ چانہ ملکک ذرِ ذرِ راز دار | یُتھ نہ ژھایہ تھاوِ ہسم کانہہ جہان پیرو |

اہل خانہ سے شہدا کو سلام (بہ داغ جگر شہوازہ)

رجیدہ     وصل فقیر بابا ۱۴ اگست ۱۹۹۰



چشمہ ویری ناگ میں پنہاں تھا دُرروح رواں      مدتوں کے بعد ظہور فقیر طریقت شیخ سلطان

جہلم کا منبع ویری ناگ (ورناگ) جس نے نہ تھمنے والے آبِ رواں کی طرح آج سے قبل تقریباً تیس سو برس اس خطۂ سرزمین ویری ناگ (ورناگ) کے پنڈت گھرانے عرف ذات کیش ول سے حاتم پنڈت ول جو مسلمان بن کر موضع بدسگام (کوکرناگ) میں سکونت پزیر ہوا تھا، جسکی نونسل کو آج تک کیشول سے بگڑ کر کاشر پکارا جاتا ہے کے پُشت در پُشت یعنی حاتم شیخ سے ان کا بیٹا احد اس سے ان کا بیٹا غفار ان سے انکا بیٹا سلسلہ جو، جو سلطان اُبھر کر ۱۹۰۷۔۱۹۹۰ تک چشمۂ فیض بن کر اور باطن میں ایک ستارہ درخشاں کے مانند جیتا رہا۔ یعنی جسکی روح جسد پہ غالب آئی اور آخر پر بدسگام میں ہی ارض ارم مدفون لی۔ انا للہ وانا الیہ راجعون

اُنکی ازدواجی زندگی درنکاح فاطہ دیدی صرف بارہ سال تک رہی تھی

ماہتابے شد طلوع از خانہ غفار شیخ۔ بعد حاصلے دو دختراں شُد صابر سلطان شیخ

دخترہ رخصت بٹہ وارِ نیونم باہ محرمکہ شہید مہاراز ن

ژورِم اوس اگست سنہ گنوہ شتھ نمتھ۔ اُیہ چ ژھاے رُٹ ماہ تابن

اُنکی پوری زندگی میں سلطان کا ظاہری مرشد عزیز الدین صاحب ساکنہ آڑہ دہرنہ اور باطنی مرشد فقیر بابا رحیم المعروف رحیم صاحب بند، مدفون در موضع ناوا، نیوہ قاضی گنڈ کے نصیب رہے۔ فقیر طریقت سلطان کا واحد کلی جانشین انتخاب باطن جو رحیم اور سلطان کا سری قاصد رہا جسکے ہی آغوش میں سلطان نے آخری سانس لی، جسکی ازدواجی زندگی صرف پندراں سال ٹھہری ہے موضع پیٹھ دیالگام کے غلام محمد وگے المتخلص رجیدہ سلطانی ہے جو آج تک کی صدی کا ادائے کار سلطان کی عظمت کا ایک حیاتی گواہ کے ثابت و پابند ہے۔

پیر رجید شیخ سلطان شُد نصیب از لا الہ      ہمچو خاکی بہ شیخ حمزہ شُد منیب از لا الہ

میانہ مکانہ لوگ چون ٹھکانے      پر تھ اول چھا پوژ ہرانے

رجیدہ وعدہ چُھ یاد پاوانے      کمہِ باپتھ گُس دِ پہ بے گانے

ژھنڈِ تھ آس نیرِ پتھ ون کوہ بیابان      ہیتھ یتہِ کونجہ رود تم سینہ ژوٹنم

رجیدس عرشہ نظرے فرش تھوڈنم      رخش برطور رود تم سینہ ژوٹنم

چُھس بہ چانہ مللگ ذرہ ذرہ راز دار      یُتھ نہ ژھایہ تھاوہم کانہہ جہان پیرو

اہل خانہ سے شہدا کو سلام (بہ داغِ جگر شہنوازہ)

رجیدہ      وصل فقیر بابا ۱۴ اگست ۱۹۹۰